# کأشُر شیُومَت

بدری ناتھ کلاّ

کأشُر ڈِپاٹمنٹ، کشمیر یُونورسٹی، سرینگر



# کشمیر شیومت

بدری ناتھ کلا

کاشر ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر

# عرضِ ناشر

کاشہِ زبان تہٕ ادبُک شوند ذری یہ تہاونہٕ خاطرٕ گژھن ہیٚو وار یاہ کھٹو علاوٕ
تِتھ زبانہِ منز تیٚتھ علمی تہٕ ادبی کتابہٕ دٔستیاب آسنہٕ یِمو کِنہِ تمہ زبانِ ہندی مختلف نصابی
ضرورژ پوٚرہ سپدِتھ ہیکن۔ یہِ کتھ نظرِ تل تھاوِتھ چھُہ کشمیر یونیورسٹی ہندی کاشرِ ڈیپارٹمنٹن
رنگہٕ رنگہٕ علمی تہٕ ادبی موضوعن پیٹھہٕ کاشرِس منز بُنیادی کتابہٕ تیار کرناونُک اکھ سِلسلہٕ
شوٗرٕ کوٚرمُت۔ دَرِ دِس کتاب کشیر شبو مرت چھےٚ امی سِلسلُک اکھ کوٚر۔

یہِ کتاب چھےٚ ماہرن ہندِ خاطرٕ بلکہ مبتدی شوقہٕ والین ہندِ خاطرٕ تیار
کرنہٕ آمٕژ یِم امہٕ فلسفچ کم قلیلازان پراونی یژھان آسن۔

یہِ چھُنہٕ کانٛہہ داوا زِ یہِ کیا آسہِ کوتاہیو نشہٕ مبرٕ، مگر وۄمید چھےٚ زِ
گُنہٕ حدس تام سپدِ کارآمد ثابتھ۔

رحمان راہی

ناو : کشیر شیومت

مصنف : بدری ناتھ کلا

گوڈنیک چھاپ : سنہ ۱۹۷۸ء

تعداد : پانژھ ہتھ

پریس : جے. کے آفسٹ پرنٹرس دہلی ۶

کاتب : غلام حسن

موٗل :

پبلشر :

کاشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سری نگر

# ترتیب

یوٗن تہٕ پرٛان سوٚمۍ ڈیوٗٹھُم
میلِتھ دوُدُم شیرکھور تان
پتہٕ پیٛلہ موٚکلُم آدِکیاہ موٚتُم
نہ کُنہٕ یوٗن نہ کُنہٕ پرٛان

لوٗب مارُن سہز وِچارُن
دروگ زانُن کلپَن ترٛاو
نِشہٕ چھُے تہٕ دوٗر مو گارُن
شوٗنِس شوٗنیا میلِتھ گو

تنتھر گلہٕ تہٕ منتھر موژے
منتھر گوٚل تہٕ موژری ژہیتھ
ژہیتھ گوٚل تہٕ کینہہ تا کُنے
شوٗنِس شوٗنیا میلِتھ گو

لل دید

## ترٛیُم حصہ

## ترٛیُم حصہ

وُنی کینس' شنکرپل' وَنان تہٕ یانزی پتھ، شرادنہٕ پُنم دوہ اَمیُک درشن کرتھ اَتھ
پٔونا کران۔ اَمہِ کُڈ یم سوٗتر منٛز۔ یمہ پیٹھ کشمیر شَیوہ مَتچ بُنیاد دِرتھ چھےٚ۔
شیوٗ سوٗتر چھِنہٕ صرف کشمیر شیومتکو بُنیادی تصورٕ پیش کران۔ بلکہ اَکھ عمل
تہٕ۔ اَمہِ قسمُک تصورٕ چھُ آچاریہ بھٹہ کلٹن (نووِم صدی ہُند) تہٕ سوٗمانند
(وسُگپتُن 850 - 900 A-D ہم عصر) دوٚن بیوٚن روٗپن منٛز
دیتھ گوٚومُت۔ کلٹن کوٚر یہ مت مذہب کِس روٗپس منٛز پیش تہٕ سوٗمانندن
کوٚر منطقی روٗپس منٛز پیش تہٕ اَدویتہٕ (Monism) شیوٗ فلسفس وُتُن کُن۔
اَمہِ دِیت کشمیر شیومت کین الگ الگ ترٛین سوٗکولن زنم۔ مثلن آگم شاسترٕ[۱]
سپند شاسترٕ[۲] تہٕ پرتیہ بھجنیا شاسترٕ[۳]۔ یمن ترٛیشوٕنی شاسترن چھُ اَکھ وٕنہ
جیلہ ناگُرتھ تہٕ کہ شاسترٕ وَنان۔ یمن ترٛین شاسترن منٛز چھےٚ پرتہ بھجنیا فلسفس
اَکھ خاص اہمیتھ۔ آگم شاسترس مُتلق چھِ وَنان زِ شاسترٕ چھِنہٕ انسانن
لیوٗکھمُت۔ اَمیُک وجود چھُ سناتن یا ابدی مانہٕ یوان۔ وَنہٕ چھُ یوان زِ یہ
شاسترٕ (آگم شاسترٕ) اوس کیٖشوٗرس کانٛسہِ گانکھا تَس سیتی پیومُت۔ پتہٕ کوٚر یہ
شاسترٕ شری کنٹھن لیُس، شیوٕ سُند اوتار چھُ مانہٕ یوان، شیوا گمن ہُند گیشان
پٔتھ بوٚلہ خاطرٕ بٔنیہ زِنٛدٕ۔

راج ترنگنی ہندِ حوالٕ مُطابق چھُ اَسہِ یہ نَنان زِ شیومتُک پرچار
اوس کنشکہٕ منٛز پرانہٕ وقتہٕ پیٹھے۔ یہ مت گو بعدٕ کیوٚ راجن ہنزِ سرپرستی منٛز سیٹھا
مقبوٗل۔ وقتہٕ وقتہٕ وٲتی واریاہ فلسفی یانہٕ مت تیٚمِ پیٹھ یود بیمو شیوٕ فرقہ

---

۱ اَمیُک بٲنی کار چھُ وسُگپت مانہٕ یوان ۲ اَمیُک بٲنی کار چھُ بھٹہ کلٹ
مانہٕ یوان ۳ یہٕ سوٗکول اوٚن سوٗمانندن وجودس منٛز۔

# گوڈکتھ

ہندُستانہٕکِس تہذیبس تہٕ تمدنس یوچھہ دِنس منز یِنہٕ کٲشرِ ہندیو سنسکرت عالِمو، گونہٕ ماتو مصنفو، توآریخ دانو، فلسفہٕ دانو بیترا اہم رول اداکوٚرمُت چھُ سیٹھاہ تھٲپکنُک لایق۔ یتیٚہ وتھ ہندیو عالمو تہٕ فاضلو یوٚ سنسکرت ادب یُتھو تخلیقاتو سیتی مالامال کوٚر۔ حقیقتس آس کٲشِر علمُک مرکز مانہٕ یوان۔ اَمہِ کِنہِ آسُن اَتھ یتھ کالہِ شارداپیٖٹھ seat of Learning وَنان۔

کٲشِرِ ہندِ ولقادرو ادبی لحاظہٕ اَٹھمہِ صدی پیٚٹھہٕ بَہمہِ صدی تانی سیٹھاہ بُلند۔ اَتھ سونہری زمانس منز وُتھی تھدِ پایکی شیوشاستری فلسفہٕ دان یِمن منز وسُگپت، آچاریہ سومانند، اُتپل دیو تہٕ ابھنوگپت زِلو یِنہٕ لایق چھہ۔ یِمو دیُت اکس نوٚس فلسفس زَنم یتھ کشمیر شیو فلسفہٕ وَنان چھہِ۔ دیان ترہِمیکا دیٚتنی نیٚنچو سنگمادتیَن کوٚرا اَٹھمہِ صدی منز شیو فلسفُک پرچار تہٕ کوٚرُن مٹھکانوٚک اکھ سوٚکوٗل قایم۔ یہ سوٚکوٗل گٔژھلیو یتیٚہ زہ پاری۔ سونورس منز چھہِ وُنی کینس تہٕ اَمہِ ذاتہٕ ہندی واریاہ مسلمان باۓ سِتھ نِستھ یمِن ترٛومبی وَنان چھہِ۔ مطالعہ کرنہٕ سیتی چھُ فکرہِ تران زِ کٲشرِ منز اوس نہٕ کانہہ خاص شیو فلسفہٕ سنگمادیتنہٕ برٛونہہ بارسس آمُت۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر وسگپتن تہٕ اُمی ہندی شیٚش بھٹ کلٹن نوی مہِ صدی منز اَمیُک یتیٚہ پرچار۔ وَنان چھہِ وسگُپتن لٔب مہادیو پہاڑِ پیٚٹھ اکس شیٚلہِ پیٚٹھ کھنتھ شیو سوٚترٕ۔ اَتھ شیٚلہِ چھہِ

وُرد پاکشہ پنچا شِکا، یم چھ دوہ شورے شیو سٹو ترت

یہ فلسفہ یمیو یِتھ سیٹھا مقبوٗل تہٕ اَمہ فلسفک اثر پیو سنسکرت

عالموٗ مُسلاۂ یِتہٕ کین گوہ نہٕ ماتن مُصنیفن، اَدبن پیٹھہ تہٕ ویزِ ویز۔ کاشر

ادبک گوڈنیک نومونہٕ چھُ شِتیہ کنٹھن ' مہانے پرکاش ' مانِنہٕ یوان۔ اَمہ

تصنیفہٕ منز چھُ اَسہ شیو فلسفک ٹاکارٕ نومونہ میلان مثلن :

یشہ یشہ جِنتس سمیوٗد یس یس

نیلہ پیتہٕ سعہ کہٕ دمہ کہٕ سروٗپ

وہ دیس دتہ سمان سم رس

کم کمپن تس تس انہٕ روٗپ (مہانے پرکاش) صفحہ نمبر ٣٨

پتہٕ یٲتھ چھُ لل دید (ژوداہمہ صدی ہنٛز) ہندین واکھن منز تہٕ یہ فلسفہ

لبنہٕ یوان مثلن :

ابھیاسی کینہ وِکاس چھوٗلُم

سعہ پرکاش زونم یوٗہے دیہہ

پرکاش دھیانہٕ سہ کہٕ یی دوٗرُم

سعہ کہٕ بوٗدُم کوٗرُم تی (لل دید) صفحہ نمبر ٢٣٥

نُند ریشنو (یہ چھُ لل دیدِ ہُند ہم عصر مانِنہٕ یوان) شرکو منز تہٕ اَمہ

فلسفکہ عنصر نِشہ مچھہ۔ وُچھو یہ شرُک :

سُے مے نشے بہٕ تس نشے

مے تس نشے قرار آو

نِحقہٕ ژھونڈُم مے یہ دپشے

پینتے ویشے مے بانہ آو (نوٗر نامہ) صفحہ نمبر ١٥٥

کیٖن بأدکارن منٛز سیٚٹھاہ سوٚن تہٕ گوٚن اَثر ترٛوو۔ بدٕ بُدھمت کوٚر کٔشیٖر ہِنٛدیو لُکو قبل مسیح سیٚٹھاہ پسنٛد تہٕ یِیٚتہٕ سُنٛد اشوک (B.C ۲۳۲ - ۲۷۳) سٕنٛدِ وقتہٕ پیٚٹھٕ اَمیُک پرچار زورن پیٚٹھ۔ یِیٚتہٕ آیہ کنشک سٕنٛدِس دورس منٛز بُدھ مت کیٖن بأدکارن ہنٛز اَکھ بٔڑ بارٕ مجلس کٔلاونہٕ پٔتہٕ ہیوٚ ہیپنیانہٕ کھمہ تہٕ مہایان تسلیم کوٚر۔ یوٚدوے کٔشیٖر منٛز بُدھ متُک پرچار واریاہن ہنٛدیٚن تانی روٗد۔ مگر تیٚمہٕ تہٕ گوٚو شیو متُک اَثر کم کینٛہہ۔

گوڈٕ گوڈٕ روٗد شیو فلسفہ یِن والین تہٕ پرناوُن والین تانی موٚحدوٗد مگر پتہٕ وٕہراوی اَمہٕ فلسفن ژھِہ پأرِ پکھہ۔ بٔہمہ ہنٛدی پیٚٹھہٕ روٗد یِیٚتہٕ کیٖن کُن منٛز اَمیُک مُطالعہ تہٕ تحقیق جأری تہٕ الگ الگ دورن منٛز وأتھی بٔڑی بٔڑی سنسکرت عالِم یِمو یہ فلسفہ برٛونٹھ پکناونس منٛز اہم رول ادا کوٚر۔ سٕہ اَہمہٕ ہنٛدی ہِنٛد صاحب کولن لیٚکھو اَتھ موضوعس پیٚٹھ کلپہ ورکشہ پٔربندھس ست چندانند کوٚرُ شیو دشنک بیتر۔ یِم کتابہٕ چھینہٕ وُنہٕ چھپے مٕژ۔ یِمن پأٹھی لیٚچھو اَدا اَہمہ ہنٛدی ہِنٛدی شیو اچاریہ شیو پادھیاین وِجنیان بھیرووس پیٚٹھ ٹیکا (تفسیر) تہٕ بھاسکراچارین ایشور پرتیہ بھِجنیا وِمرشنی پیٚٹھ سہل تفسیر یتھ از کل بھاسکری وَنان چھِ۔ اَمہٕ چھِ 'للہ واکھ' تہٕ سنسکرت نظمن منٛز لیٚکھو مِتو۔ اَمہٕ علاوٕ چھے اَمہٕ شیو نظریہ مُطأبق یوگ واسِشٹھس پیٚٹھ تہٕ ٹیکا (Commentary) لیٚچھو مٕژ۔

شیواچاریہ ناگارجنن چھہ زٕ ستوتر (Hymn of praise) "میلان" یِم فلسفو بأنہٕ چھہ۔ یِہندہِ ناو چھہٕ: (۱) چِتہٕ ستوش ترشیکا (۲) پرمارچن ترشیکا۔ یہ ناگارجن کُس اوس۔ نہٕ کتھ تیُک اوس۔ اَتھ مُتعلق چھینہٕ وُنہٕ تہٕ کینٛہہ پتاہ۔ یِیٚتھے پأٹھو چھے کُس تانہٕ کالداس یُس 'چدگگن چندریکا' وِرد پاکشاناتھ سٕنٛز

ڈاکٹر شری جے سی، چیٹرجین لیچھو ۱۹۱۴ ہس منز گوڈنیچ 'کشمیر شیو ازم' ناوچ کتاب انگریزی زبانی منز۔ تہ یہ سپز اَمہ محکمہ طرفہ چھاپ۔ وُنی کینٔس تہ چھہ اَمیُک تحقیق ہندوستانہ علاوہ نیبرمین ملکن منز جاری۔

کشیر منز چھہ اَتھ موضوعس سیٹھا دلچسپی تھوون والی واریاہ عالم اَمہ فلسفُک اَمر یتھ لوکن چاوان چھہ۔ یمن منز چھہ راجانک سوامی لکھمن جی مہاراج ایشبر چھہ یتھ آتھوار ییتکین لوکن علاوہ انگریزن تہ یہ روحانی فلسفہ پرناوان تہ شیو شاسترچ پرمپرا زندہ تھوان۔ اَمہ علاوہ چھہ ییتہ کینہہ اِدارہ ییم اَمیُک تحقیق کران چھہ تہ اَتھ فلسفس پیٹھ وز وزکتابہ چھپاوان چھہ۔ یمن منز چھہ 'شاردا پیٹھ ریسرچ سنٹر' تھکن لایق۔ اَمیُک بانی کار چھہ ڈاکٹر رادھا کرشن کاو۔ ییتہ کین آشرمن منز چھہ سوامی راما آشرم (فتح کدل) تہ سوامی ودیا دھر آشرم (کرن نگر) یمن دوشونی آشرمن منز چھہ یہ فلسفہ پرناونہ یوان۔

انفرادی صورتس منز ییم ہیُن تحقیق اَتھ فلسفس پیٹھ جاری تھوۆمت چھہ تمن منز چھہ ڈاکٹر بلجی ناتھ شاستری سیٹھا برونٹھ۔ یمو چھے سواتنتریہ درپن، کشمیر شیو درشن بیتر ناوچہ کتابہ لیچھہ مژ۔ یم شیو شاسترکو معمولی خزانہ چھہ۔

یتھ بابتھ چھے شیو فلسفچ پرمپرا یتہ بدلہ وزمہ پیٹھ ییتہ چلہ وٕنی۔

یہ چھے کاشر زبانی منز کشیرِ ہند فلسفچ گوڈنیچ کتاب۔ یتھ فلسفس چھہ عام لوکھ کشمیر شیوزم یا کشمیر شیو فلسفہ ونان۔ کشمیر یونیورسٹی چھہ یہ خیال زِ یہ فلسفہ کرو اَسو کالجہ کین بٔڈمہ درجہ کین طالبہ علمن ہندِ خاطرٕ شوٗرو۔

یمِتھئے پٲٹھی اگر اَسہِ شاہ غفوٗرنی، شاہ قلندرنی، رحمان ڈارنی، شمس
فقیرنی، رحیم صابنی، احد زرگرنی، صمد میرنی، نیامہ صابنی، واسہ دیوِنی، پرما
نندنی، کرشنہ رازدانٕنی، ھوٗکرشنہ ولیٖہ ہل ددھ جیبنی، بوبہٕ کاکنی، ماسٹر
زندکول بیتر گوہِ باتن ہنز شاعری پرٕنۍ حسابہ پٲٹھۍ مطالعہ کرو اَسہِ وانو
اَتھ نتیجس پیٹھ زِ یمن ہنز شاعری منز چھ شیو فلسفُک تہِ سُے موٗل دِتُھمت۔

جدید عالمن پیٹھ نظر تاوان ۱۸۸۵ء منز ییلہ شری مادھو اچاریہ سُند سرو درشن
سنگرہ ناوُک کتاب ایشور چندر ودیا ساگرن مرتب کٔرِتھ ییپزٕ کوڈ نیچھ کتھ
ببلیوتھیکا انڈکا (Bibliotheca Indica) یس منز چھاپ۔
اَتھ کتابہ منز چھ شرامن فلسفن ہند سار (Theme) لیکھتھ تہٕ تمہِ
شیو سِسٹمٕ تہٕ دٕرج :

(۱) نکلیش پاشپت (۲) شیوتہِ پرتیہ بھجنیا فلسفہٕ۔ پتہٕ کوٚر اَتھ کتابہ
E.B. Cowell تہٕ A.E. Cough ہموٚ دوشوے انگریزی زبانی منز ترجمہ
شیو شاسترن چھے تمہِ شاخہٕ اہم مانہٕ یوان۔ یمن منز پرتیہ بھجنیا شاخ
چھے سیٹھا اہم۔ یوٗرپی عالمن منز چھ ڈاکٹر بیہلر گوڈنیُک عالم یمو ۱۸۷۶
منز یہِ فلسفہ کشیرِ منز نون کوڈ تہٕ ودیشی عالمن ہند توجہ اور کُن پھیرٕ۔

اَمہ پتہٕ سپُد وارٕ وارٕ اَمیُک پرچار ہندوستانہٕ علاوہ ودیشی ملکن منز
تہٕ یمیُک نتیجہ یہ دراو زِ فرانس، اٹلی، جرمنی بیتر ملکن منز سپُد
اَمیُک تحقیق جاری تہٕ اَمہ فلسفُک ترجمہ سپُد جرمنی، انگریزی بیترِ زبانن منز تہٕ
کیٖترن کالس رود اَمیُک ادب ژھانڈن لبن منز سے موجود۔

مگر ییلہ کشیرِ منز ریسرچ ڈپارٹمنٹ وجودس منز آو تہٕ ۱۹۰۴ء پیٹھ آیہِ
شیو فلسفس پیٹھ وُنیس تانۍ ہتہٕ بٔد کتابہ چھپاونہٕ۔ ریسرچ ڈپارٹمنٹکی گوڈنکو

اَکِم حصہ

# کٲشِرِ ہِنٛدِ تَوارٟخ

—— اَکھ سام

کٲشِرِ ہِنٛدِ تَوارٟخ چھُ ساسہٕ بٔدۍ وٕری پرٛون۔ یہِ چھُ پَتہٕ سماجی، مذہبی
سیٲسی تہٕ اقتصادی حالاتن مُتعلق صحی پٲٹھۍ زان کٲرِ کرناوان۔ کٲشِرِ ہِنٛدِ
تَوارٟخکۍ آگُر چھِ نیل مت پُران، راج ترنٛگنی، بھرٛنگیش رٮ۪شہٕ، بھرٛنگیش سمہتا
وِتستا ماہاتمیہ (گوون یا بجر)۔ شاردا ماہاتمیہ۔ شاریکا ماہاتمیہ بیترِ مانہٕ یوان
تَوارٟخی لحاظٕ چھےٚ نیل مت پُرانس تہٕ راج ترنٛگنی ہٕنٛز اہمیت سیٹھاہ بٔڈ۔ مگر
تمن ہٕنٛز اہمیت تہٕ چھےٚ نہٕ مذہبی لحاظٕ کم کینٛہہ۔ یِمن ماہاتمین منٛز چھہ اَسہ
کینٛہہ ماہاتمیہ میلان یِم پرانہٕ وقتہٕ کین لُکن ہٕنٛد دَرم۔ دیوی دیوتاین پیٹھ
تیرتھن پیٹھ پرٛژھ۔ منٛدرن تیرتھن تہٕ بیٚیَن چیزن پرانین جاین۔ بیٚیہ بیٚیہ چھ شایہ
پٲٹھۍ زٲنِ[۱] (Topography) مُتعلق سیٹھاہ کینٛہہ یوان۔

جرمن سکالر ڈاکٹر بُہلر سٕنٛزِ رایہِ موجوب چھُ نیل مت پُران شیٚیمہ صدی
ہٕنٛد پُران۔ یہِ پُران چھُ کٲشِرِ ہِنٛدِس پرانِس تہذیبس تہٕ تمدنس پیٹھ پور گاش
کڈان۔ یتھ کنۍ اَسہ کٲشِرِ ہِنٛدۍ پرانۍ واقعہ ٹھیکہ پاٹھۍ معلوم سپدان چھِ۔
نیل مت پرانہٕ مطٲبق اوس کٲشیر پرانہٕ وقتہٕ آبے آب۔ یہِ سارے وادی اوس
سرکس روٗپس منٛز ڈوٗبِتھ یوان۔ اَتھ بٔڈِس سرس اوس ستی سر ناو۔ یہ

---

۱ زمینہٕ ہٕنٛز شکلہٕ روٗپ۔ سنٛزِ وہہ گنیار بیترِ ہُنٛد بیان۔

اَمہ کِنہ چھِ ییٚمِیُک درجہ بنٛزمہ درجہ کِین کلاسَن مدِ نظر تھٲوِتھ مُقرر کرنہٕ آمُت

اَمہ علاوٕ چھِ یِتھہ مضموٗنَس سیٚتھ دِلچسپی تھاوَن والین تہٕ عام پَرَن والین

ہُنٛد مقصد تہٕ ذہنَس منٛز تھاوِتھ آمُت۔ کرٕ امیہٕ کوٗشِش چھےٚ یہٕ مُشکل

فلسفہٕ سہل پاٹھۍ پیش کرُن۔ ییٚمہ سیٚتھ یوٗنورسِٹی ہنٛدین ابتدٲیی درجہ کِین

پَرَن والین تہٕ عام پَرَن والین تہٕ اَمہ فلسفُک کیٚنٛژھہ پَلہ پییہ تہٕ اَمیُک

شوق سَنہِ تہٕ گَژھِ۔

یہ کتاب لیکھنہٕ خاطرٕ پیوو مےٚ ییٚمہ مضموٗنہٕ کِین مٲہرن ہنٛزن کتابن

ہنٛد مُطالہ کرُن ییٚمیُک حوالہ مےٚ کتاب ناَمَس منٛز دیُت مُت چھُ۔ یِمہٕ کتابہٕ

چھےٚ زیادٕ تر انگریزی زبٲنی منٛز لیکھنہٕ آمژٕ یمن منٛز یہ فلسفہ ٹھیکھ پاٹھۍ

وِہرٕ ناونہٕ آمُت چھُ۔ جے۔ سی۔ چٹرجی صٲبنہٕ ڈاکٹر کے۔ سی۔ پانڈے صٲبنٕ

کتابو علاوٕ دیُت مےٚ ڈاکٹر آر۔ کے۔ کاو صٲبنہٕ وِکت بوٗنہٕ مدد۔ اَمہ خاطرٕ

چھُس بہٕ تِہنٛد شُکر گذار۔

ہارہ ری ناتھ کلا

بگراں نۍ کٲشیرِ منٛز اوسُس ’’درد‘‘ ناوُک قبیلہٕ یُس گٲمُت کالہٕ روزان۔ حوراُصل پیٚلہٕ دردی آریہ پامیرٕ علاقس منٛز بسیمٕتۍ آیہ دارِ یاہن علاقن منٛز چھکرادِ یہٕ۔ چترال تہٕ گلگتس منٛز پھہلنہٕ پتہٕ واتۍ تم کٲشیرِ منٛز۔ یہ کتھ چھنہٕ اسہِ شیٚچھرٕ پاٹھۍ ہیکان وٲنِتھ زِ پشاچ کر آیہ کٲشیرِ منٛز۔ مگر اَتھ کتھ چھنہٕ کانٛہہ شکھ زِ پشاچ آیہ کٲشیرِ منٛز ناگو پتہٕ بارسس۔ یِمو پتہٕ آیہ ہند آریہ (Indo - Aryan) مغرب یا جنوب مغربہ کیو درو منٛز بڑیہ پچھے واتۍ ہرگاہ کتھ زِ پشاچن ہند کٲشیرِ منٛز بسُن ہیٚنہٕ بیٚیہِ ہند آرین ہندِس کٲشیرِ منٛز اَتھ نس تانۍ اسہِ بدونٛتھ ناگ تہٕ دردی آرین (پشاچن) زاتہٕ مِثلِ کوٚمہ نیل مت پران تہٕ چھُ وَنان زِ کشیپ رِیشۍ آیہ یور تہٕ دورِ نرائیہٕ (یِہنٛزِ مِقۍ بیعتیری وِبیش تہٕ شوٗدر) پیٚلہٕ کٲشیرِ منٛزس بِسنس لایق بنیمُت اُس۔ اُمہِ بیلہٕ نادِیم زاتہٕ بانہٕ واتۍ۔ مگر اتھ واقہٕ بیٚیہِ ہیکو نہٕ اسہِ پور پروسہ کٔرِتھ تکیا زِ رِگوید چھنہٕ کٲشیرِ ہند تذکرہٕ کران۔

رِگویدس منٛز امہِ قسمک حوالہٕ نہٕ آسنکیو چھُ اسہِ اتھ نتیجس پیٚٹھ واتان زِ ہند آریہ اسہِ نہٕ اَتھ دورس منٛز کٲشیرِ زانان۔ امہِ کتھ اسہِ نہٕ یِیمہٕ کٲشیرِ منٛز بسے ہیتہٕ۔ مہابھارت چھُ کٲشیرِ ہنٛز ذکر کران تہٕ یِیتہٕ کُن راجن تہٕ جغرافۍ متعلق چھُ کیٚنہہ حوالہٕ دوان۔ پانِنۍ تہٕ چھُ (قبل مسیح شییمہِ صدی) پننہِ اشٹادھیایی منٛز کٲشیرِ ہنٛز ذکر کران تہٕ گرامر مطابق کٔشیرٕ لفظس دیر ھناون کلہن چھُ راج ترنگنی منٛز ہیٚوان پرانہِ بٹن یا زِ پیٚٹھ کٲشیرِ ہندین دوان راجن ہندِ عہدس گوڈنکس گونندس تہٕ گوڈنکس داموُدرس مہابھارتہٕ چہ لڑایہ ہندِس وقتس سۭتۍ میلناوان۔ وُنۍ چھُ پیران زِ یم ترہ راجہ گیہ مہابھارتہٕ چہ لڑایہ

---

۱؎ سنسکرت زبانۍ ہنٛد بوڈ بار گرٲمردان۔ ۲؎ سنسکرت گرٲمرُک ناد یتھ اٹھ حِصہٕ چھہٕ۔

۳؎ سنسکرت گرٲمرُک ناد یتھ اٹھ حِصہٕ چھہٕ۔

عقیدٕ وُنہٕ تہٕ چھِ چلان۔ وَنہٕ چھُ یِوان زِ یَتھ کالہٕ اُسہٕ آدِواسی ہِندِ شار منز کامَن منز بسان۔ تھکِن چھُ کٲشِرِ ہِندی آدِ واسی تہٕ آسہٕ ہِن پیٹھے پاٹھو دِہاتَن منز بسان۔ یِم اُسہٕ اَکس خاص مُتَس پیٹھ چلان تہٕ اُسہٕ گوڈٕ گوڈٕ بوٚتَن پٔژن بیتر خوش کرنہٕ خاطرٕ بلی (نیاز) دِوان تہٕ تِہنٛزٕ پوٗزا کران۔

ڈیان پیٹھ یِیلہٕ آریہ یوٗد آیہٕ تِم میلی آدِ واسی یَن سیتی تہٕ آیہٕ وارٕ وارٕ تِہندِس اَثرس تَل۔ آخر کینٛہہ کال گُزرِتھ پیوٚ تِمَن (آریَن) ہِنٛزَن ہِندی مذہبی عقیدَن تہٕ ماننٕ۔ یِیلہٕ وقت گُزران گو تہٕ آدِ واسی یَن ہِندین اشیٹھ دیوَن (مت پٔژ دیوتاہَن)(Deity) آو سیٹھاہ بوٚش کھارنہٕ تہٕ تِمَن ہٕنٛز تھوٚد روتبہٕ دِنہٕ۔ تِتھے آیہٕ یِتہٕ دیوی دیوتاہَن ہِندی روٗپ مانِنہٕ۔

نیل مت پُرانہٕ مُطابِق اُسی کٲشِرِ ہِندی لوٗکھ پُرانہٕ وَقتہٕ پیٹھٕ واریاہَن دیوتاہَن ہِنٛز دٔھ پاسنا (عبادتھ) کران۔ یِم اُسی ویدِک دیوتاہَن ہِندِ تہٕ پورانی عقیدَن ہِندی پٲروکار۔ یِمَن دیوتاہَن پیٹھ اُسکھ پٔژ پٔژ۔ اَمہٕ علاوٕ اُسی یِم آدِ واسی یَن ہِندین دیوتاہَن ہِندی مُختلف نِکھمبہ شیٖشو، اُمی سِندین پٲروکارَن ہِنٛز۔ نیلہٕ ناگ تہٕ ناگہٕ دیوتاہَن ہِنٛز۔ کینٛشہ پٔژ پِشاچَن بیتر ہِنٛز تہٕ دٔھ پاسنا کران۔ بٔڈین دیوَن، خاص کٔرِتھ شیو اَتری پیٹھ اُسی شیو لِنٛگ پوٗزا دُم داہہ سان کران۔ یِمو موٗن بگوان بُدھ تہٕ اَکھ اوتار تہٕ اُمی سٕنز دٔھ پاسنا تہٕ ہیٚنٛز کھہ کٔرِ۔ یہ دوٚن مٔے ہیٚرِ کٔنہ زِ یِیلہٕ کشیپ رِیٚشو کٔشیٖر آباد کٔر۔ تہٕ اُمی بَساوِ یِیتہٕ لوٗکھ۔ دیوتاہو تہٕ ناگو رُٹ یہ جاے۔ دیوی لِیٚ کرُ ڈرِ یادکِس روٗپس منز یہ جاے حاصِل۔ پِشاچ تہٕ بَسِیہ کٔشیرِ منز۔ مگر کشیپن کوٚڈ یِمَن حُکُم زِ یِم گژھن صِرف شِین رَتَن یِیتہٕ روزٕنی۔ کشیپن ووٚن یِمَن: "یِہ پِشاچَن ہُنٛد نیٖچھ، نِکھمبہ روزِ یِیتہٕ وٕنٛدکِس

منز شمولیتھ کرنہٕ خاطرٕ مخصوٗص ییٚہ - اَتہٕ کتھ کٔرکھ بگوان کرشنن بیتہ لڑائے تہٕ موٗدی اُمی شۭنہٕ اَتھٕ - یہ کتھ چھےٚ مُمکن زِ ہیٚند آریو آسہِ مشرقی تہٕ مغربی ہندوستانس سیتیٚ مُقابلہ کرُن مُشکل سمجھ مُت - اِوٕ موٕکھ آسہ ہانٛز وید دورٕ پتہ کٔشیرِ منز زامتیٚ - یہ وقت آسہ ہے شہ بٹیلہ مہابھارتچ لڑائے ہندوستانس منز سپٕز -

تقریبن اَکھ ساس قبل مسیح سپز یہ لڑائے ہندوستانس منز - کلیگ چھ مہابھارتچہ لڑایہ پٔتہ ہیٚند وکھ تقریبن ژ ساس ژور ہتھ تہٕ ارتالیہ (2448 B.C.) قبل مسیح مانان - اَمہِ کتھہ یہ اندازٕ کرُن چھُنہٕ غلط زِ ہندوستانُک تہذیب تہٕ تمدُن یُس وادیاہن مذہبن ہُند ملہ ہش روٗپ اوس، آسے مہابھارتچہ لڑایہ ہندِس وقتس تامتھ واریاہ منز پھٔہلیومُت -

## کٔشیرِ ہندین باشندن ہندی عقیدٕ

کٔشیر چھےٚ جغرافی لحاظہ کنۍ ژورو واپٔدہ بالو سیتیٚ وٗلتھ - یہ چھےٚ بڑین پہاڑن منز اکھ، اکھ سو نُہ دریاے باسان چھُ اندی اندی پہاڑ آسنہٕ کنۍ اَمہِ چھنہٕ بیتہ کیٚنہ لوکن کٔشیرِ مین لوکن سیتیٚ واریاہس کالس تین گژھن - اَمہِ کنۍ آسہ یمنہٕ نیٚبرِم اثر کٔشیرِ ہندین لوکن پیٚمُت واریاہس کالس پیٚوٕ مُت - فکرٕ چھُ تِمن زِ واریاہ منز آسو وادیاہ فرقہٕ تہٕ مذہبی ولو آیر سنجارس سیٚمہ رکنہٕ آسہ یہ چھُ تِمن نہِ یُت آسو بیٚون بیٚون مذہبی تہٕ فلسفو یاتہٕ اصُول وقتہٕ وقتہٕ واتی ہیتی -

سیٚٹھا دٔلیلہ چھُ یتھہ کتھہ پیٚو چھُر دوان زِ کٔشیرِ ہندی باشندٕ آسو پرانہٕ وقتہٕ بیٚیٹھ آرین ہندی تہٕ آکہ آسو تین ہندی عقیدٕ مانان، یِم

اَمہ کینٛہ گوٚو یہ بِلکُل واضح زِ کٔشیٖرِ تہٕ پٔشوٗس چھُ پانہٕ وٲنی سیٹھاہ تۄلُق زِ دٔمت شوٗس ناگ (شیٚرپٕچھ)[1] نٲلی آسنہٕ منٛز کیٛاہ اگر لُکن ناگہ پۄزایہ پیٹھ عقیدہٕ چھُ اَتھ منٛز چھٕنہٕ کانٛہہ حیرانی۔

ایس۔ سی۔ رے چھُ پننہِ کتابہِ The Early History and Culture of Kashmir منٛزان زِ کٔشیٖرِ ہنٛدی باشنٛدٕ آسہٕن اَرہ وٲسۍ ین ہنٛدین عقیدن پیٹھ یِتھہٕ پٲٹھۍ تھوان۔ مگر اَمِچ دلیل چھٕنہٕ دِنہٕ تہٕ معلوٗم سپدان۔ باسان چھُ زِ ناگہ پۄزا آسہ گوڈٕ پیٹھٕ کٔشیٖرِ منٛز۔ تہٕ یُس اَسہِ ہیٚے درمہ منٛز ییٚتیٛک گوڈٕ نیٚک درجہ۔ اَمِکۍ آثار چھِ وُنی کینٛژَس تہٕ کٔشیٖرِ منٛز لبنہٕ یِوان۔ یہ کتھ چھٕنہٕ غلط باسان کینٛژن ہِیُہ زِ کٲشرین زنانن خاص کٔرِتھ بٔڈین یِمہ سہٕ ترٛٲگس پیٹھ بَتہٕ آسان چھِ سہٕ چھِ ناگہ پۄزایہ ہنٛد اکھ بڈ کارٕ تۄ بوزتھ۔ یہ پۄزٕ چھےٚ سرٕ چھ پتھ ترٛٲگن پیٹھ اَدِ یِزان آسان۔ اَمہ علاوٕ چھُ بٔٹن ہنٛد اکھ بوڈ دوہ انتہٕ ژوٗداہ (اننت چتُردشی)[2] بادرِ پیتہٕ زوٗنہٕ پچھ ژوٗدیش دوہ یہ مناونہٕ یِوان۔ اننتہٕ ژوٗداہ چھےٚ شیشہٕ ناگُن بوڈ دوہ مانہٕ یِوان۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھ اَمہ دوہ یہ بٔڈ بٔٹنہ سر یِچھ چالہ اَتھ (سرچہ چالہ اکھ دوہ) ناگس یا ہیٚرس پیٹھ ترٛٲگادان پیٹھ یا کھۍ شیشہ ناگُن دوہ دِنہ تہٕ مناوان۔ اَمہ تلہٕ تہٕ چھُ اَمہ نِشان زِ ناگن ہنٛد اَثر چھُ ییٚنہِ کین لُکن پیٹھ سالہ بدلوو وٲری یِہ پیٹھ سیٹھاہ سۄن تہٕ گۄن۔

---

[1] سنسکرتس 'پِچھپِچھ' لفظس چھُ کٲشرِ زبٲنی منٛز 'پۄژ' بنان یمیُک مانے چھُ 'لوٗٹ'۔ اَتھی لفظس چھُ ہنٛدستٲنی زبانن منٛز 'پونچھ' بنان۔ [2] اَننتنک مانے گوٚو شیشہ ناگ۔

شین رٕتن پٔنٛنین سٕپہٕ پٔہن سیتۍ۔" اَمہِ پَتہٕ أڑ أکھ بٔڈ بٔڈ ملکہٕ پیچھ ژور ژ اَرٕ۔
مگر ہم اُسی بٔیتہٕ صرف رٕتہٕ کالہٕ کین شین رٕتن روزان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اُسہِ
نیل مت پٕرانہٕ کہ مطالعہٕ کرنہٕ سیتۍ یہ نَنان زِ یٔلہٕ ژور یوٗگ (Period)
ختم گیہٕ تہٕ یٔیتہٕ اوس أکھ بٔڈ براہمن اُمس اوس ناو چٔندر دیو یہ ڈراو
یٔلیتہٕ کین بٔیٔن باشندٔن سیتۍ نبر کیٚنہٕ۔ یہ رۄٹ پشاژو یٔلیتہٕ یہٕ دِتہٕ اصل
ژنگہٕ ژنگہٕ دہ کھ۔ اُخرس گو یہ نیٖلہٕ ناگس نِشہٕ۔ اُمہِ رۄٹ یہ پانسہٕ نِشہٕ۔ اُمہِ پتہٕ چھو
وٕنہٕ کین شین رٕتن نیلہ ناگس نِشہٕ یٔیتہٕ رٕیتھ رواج بیٚتہٕ یٔلہٕ یم اور آہستہ ہوتا)
د... ۲۵۰۰ ق م خشیہٕ رٕٹیتو نیبر پیٚٹھ آیہٕ۔ چندر دیون وٕنی تمن یہ سار پٔتہٕ چھوٹہٕ رود
تِمن پیٚٹھ پیٚٹھ آرامہٕ سان بہتہٕ ہٕنتوٗ یِہوٕ یمت رٕیژن پیٚٹھ چلُن۔ یِمہِ رٕیژ چھیے ووٚمس
تہٕ کاشرن ہٕنزٕ منزٕ چلان۔ مثلن کھیژر، مأوس ہیتہٕ۔ یِتھیٚ پأٹھۍ چھیے یِمن منز کینہہ
رٕیتہٕ مٔیانہٕ ہندین ووژھن (ڈیٔٹن جھٔہن) تہٕ رسمن سیتۍ واٹھ لگوان۔

## کٲشرٕ منز شوٚبنٕ وٕ پاسنا (عبادت)

کٲشرٕ منز چھیے شوٚبنٕ اِژہٕ پٕرانہٕ وقتہٕ پیٚٹھ گوڈٕ انوارٕ دینہٕ آمژ
کشپ رٕیشن یٔلہٕ ستی سرٕ نژ پوٚنی کڈ اوٗو تہٕ تمہٕ کرٕ پٔنٛنیس نیچوس نیٖلہٕ ناگس
یٔیتھ زٕمین حوالہٕ تہٕ سیتھ وٕڈنس پیتہٕ۔ زٕ یِمہٕ زمینہٕ ہندی راچھدار آسن
شوٚبنٕ تہٕ سٕتی پاروٗنی۔ اَمہِ اِشارٕ یٔلہٕ چھُ اَسہِ یہ نَنان تہٕ اَمہِ کتھہِ ہند تصدیق
سپدان زِ پیٚٹھ کٲشرٕ منز انسانن قدم تھٲو تِتہٕ پیٚٹھ موٗن تمہٕ شوٚبنٕ اِشٹ دیو
(Deity) یانے منہٕ پٕرٲژھ خاص دیوتا۔ اَکھ تعلق چھُ یہ وَنُن تہٕ موزوٗن
زِ بٔیتہٕ کین گوڈٕ نکین باشندٔن ناگن چھُ شوٚبس سیتۍ سوٗن تہٕ گوٚن تعلق ہمیاز
شوٚ چھُ پٔنٛنس تٔمس منز منز چھُ شندہٕ ہرٕ لگاوُن پٔنٛنۍ زیبا پُش مانان خوٗبان چھ
زِ پونتاپہٕ ہند زٕنم چھُ زمینہٕ منز تمہٕ سند ژرشول لگاوٕنہٕ سیتۍ سپدیوٚمت۔

ڈرم بنیوو مُت۔

مہنجہِ دارو تہٕ ہڈپا ہِس منز کھنیہٕ وِچھ اَسہِ پیٚکہِ تران زٕ شِوٕ پیٚنز وہہ پاسنا اُس دادی پیٚنٛدھکس تہذیب کِس دورَس منز یانے قبل مسیح ترٛٹیہِ ساس ؤری ہِندُستانَس منز جاری۔ ویدن، برٛہمن گرنتھن تہٕ اُپنشدن تہٕ پُرانن بینہِ کتابن منز تہٕ چھہ اَمیُک حوالہٕ اَسہِ میلان۔ یہ کتھ چھےٚ ڈاکٹر رادھا کرشنن سی۔ ہیوو دَن۔ راے۔ آر۔ ڈبلیو فریزر بیترِ سکالرو ونٛی مٕژ۔ یِہُنٛد وَنُن چھُ زِ ویدِک دورَس منز اُس شِوٕ پیٚنز وہہ پاسنا جاری۔ کینٛہہ حوالہٕ چھہ یہ صاف پاٹھو تاپِھتہ کران زِ اَمہِ قسمچ وہہ پاسنا (پوزا) اُس آریو غٲر آریَن نِشہِ پانہٕ ناوٕمٕژ۔

یتینن چھُ یہ وَنُن ضروٗری زِ شِوٕ وہہ پاسنا یہ تہٕ شِیوٕ فلسفس چھُ پانہٕ وٲنٛی صرف ناوُکے رِشتہ۔ شِوٕ وہہ پاسنا چھےٚ محض مذہبی رسومات یمہٕ ڈُنٛژ پیٚھچہِ خوشحٲلی تہٕ پاپہٕ جاپی خاطرٕ چھےٚ بیان کرنہٕ۔ اَوٕ کِنہِ چھُ اَمیُک تولُق نیٚبرٕ ونٛی مگر شِیوٕ فلسفک تالُق چھُ باطنَس سیٚتی۔ اَتھ منز چھُ خود شناسی (Self - Education) ہُنٛد عُنصر سارِوے کھوتہٕ ہیٚتھو۔

## کٲشِرِ منز شِیوٕ مَت

کلہن سٕنٛزِ راج ترنگنی موجوب اوس کٲشِرِ منز پرانہٕ وقتہٕ پیٚٹھہٕ شِیوٕ مَت مُروج۔ اَتھ منز چھہ اَسہِ واریاہ حوالہٕ میلان۔ یِمہٕ سیٚتی یہ نِشان چھُ زٕ شِوٕ پیٚنٛدِس ناوَس پیٚٹھ چھہ یِیتھہ نیٚشاد مندر تہٕ استھاپن بنےمٕتی۔ کلہن چھُ لیکھان زِ رانہٕ اشوکس ٲسو تِہہ اُس یتینہ وِجے شور پچھ اَکھ بُڈ بارٕ زیارتھ یتہٕ شِوٕ پیٚنز پوزا اُس کرنہٕ یوان۔ اشوک یُس دوےٚ بُدھ مَتُک پیرو کار

اتھ منز چھنہ کانہہ شکھ زِ بُدھ مت آو کشیرِ منز قبل مسیح
ژرییمہ صدی بارسس۔ یمیتہ کیہو لوکو مون یہ دَرم تہ بنیہ یہ بودھ۔ اکھ بیمہ
دبیبہ ناگہ فِرقکو لوکہ تہ پہنڈ دَرم ہیوتن ژھو کُن ہینڈین عقیدن تہ دیوتاہن
منز اوس شیو ہشرز وہ پاسنا یہ تمہ وِزِکو رتھ دُمت بیلہ بُدھ دَرم کشیرِ منز ژاست
اوس نہ۔ اکہ پتہ ہیتھ یمیتہ کیہو لوکو وارِ وارِ وِشنو ہشرز۔ سورِ یہ ہشرز تہ بیین
بیین دِوتاہن تہ دیوی ین ہشرز وہ پاسنا شورو کرنی۔ ناگہ پوزا یہ ہنڈ حوالہ
دِوان چھہ ایچ، ایچ، وِلسن لیکھان۔

"Originally no dout, it (the religion of Kashmir) was ophite or snake worship but this is a part of the Hindu ritual and the Nāgas are included in the orthodox pantheon. The adoration of Śiva was soon engrafted upon this, even if the two rites were not originally identified."

"اتھ منز چھنہ کانہہ شکھ زِ کشیرِ ہنڈ ہولہ درم اوس ناگہ پوزا۔ مگر
یہ چھُو ہینڈین ہنڈ رسمک اکھ حصہ تہ ناگ چھہ سارِنے دِوتاہن ہشرز
پوزا یہ منز شامل آسِتھے۔ شیو ہشرز پوزا گئیہ اتھ پیٹھ۔ یوْد وے یم
زٕ ریسم (rites) آسی نہ گوڈٕ پیٹھے کنی زاینہ یوان۔" حقیقتھ چھے یہ پرانہ
وقتہ اوس شیو مت تہ بُدھ مت کشیرِ ہنڈین باشندن ہنڈ مقبول

دوٚیِم حِصہٕ

# کٲشُر ہِنٛد فلسفُک تَوارِیخ تہٕ ادب

## (۱) فلسفہٕ تہٕ اَمیُک اِبتدا

تہذیب کِس اِرتقاہس منٛز یُتھے اِنسان برٛونٛہہ برٛونٛہہ پکان
گوو تیٚمہِ سٟنٛدِس ذہنس منٛز شُروٗع یِم سوال۔ آیا اِنسان سٟنٛدِ وجوٗدُک
حقیقت (Reality) کیا چھےٚ؟ کاینات تہٕ وجوٗدُچ اصلیت کیا
چھےٚ؟ کوتاہ کٲنٛہہ وقت آسہِ انسانن گومُت یِمن دٔون سوالن ہٕنٛد
حل ژھانٛڈان تہٕ گاران، یِیہِ کمن کمن بیٚون بیٚون خیالن منٛز آسہِ تِم
ٹٲکان گومُت۔ تہٕ ہیکَو نہٕ اَسہِ وٲنِتھ۔ اَکھ دور آو ییٚلہِ اَمِ ہِنٛز خاص
نظریہ یِمن دٔون سوالن پیٹھ رۄژ گوو۔ تہٕ ہیٚوتُن خاص منطیقی تہٕ
سونٛچہ وَنہ برٛونٛہہ برٛونٛہہ پکُن۔ دِیان ییٚلہِ یہِ دور آو تہٕ فلسفُک تٲریخ گوو
شُروٗع۔ عام لفظن منٛز ہیکَو اَسہِ یہِ وٲنِتھ۔ زِ فلسفہٕ کیا گوو۔ فلسفہٕ گوو
زیو (Individual soul) سٟنٛدِ تہٕ زِنٛدگی ہِنٛزِ حقیقژ پیٹھ اِنسانہٕ
سٟنٛدِ سونٛچُک نظریہ۔ اما اَمِس زیوُک سٟنٛد آگُر (Origin) کیا چھُ تہٕ اَمِ ہِنٛز
زِندگی ہِنٛد مقصد کیا گژھہِ آسُن تہٕ اَمِ سٟنٛد قِسمت کِتھہ پٲٹھۍ چھُ بَنان۔
بییِہ لفظن منٛز وَنَو۔ فلسفہٕ گوو۔ اَما یِمہٕ کاینات تہٕ ہُبَر کیا چھُ تہٕ زیوِ سٟنٛد
منٛبع اصلیت کیا چھےٚ۔ اَسہِ اَندر کیا چھُ۔ اَسہِ نبر کیا چھُ تہٕ اَسہِ کھۄد کیا

اوس تۄتہٕ اوس شہ شِوٕ سۄندٕ بِچھتِ۔ اَمہ کِنۍ بناوِہٕ اُمہِ پانٕے شِوٕ سٕندۍ
زٕ مندر۔ کارکوٹ راژن ہٕنٛدِس دورس منٛز تہٕ سپُد پَتہٕ شیو دَرم سیٹھا
مقبول۔ اونتی ورمن (855-883 AD) اوس شِوٕ سُنٛد بوڑ بار بٕچھتھ۔ سہ
چھُ پننہِ آخری دورہٕ زیٚشٹھ رُدریشور (ییٚتھ وُنۍ کینٛہہ زیٖٹھ یارونا
چھ) گُزرامُت۔ کارکوٹ خاندانہٕ پَتہٕ چھہ اُتپل خاندانکۍ راژ شیو مَتس
سیٹھا سرپرستی کران۔ یہ مت چھُ لہٕر خودرس منٛز سیٹھا پکہِ ویراوان
واُدی منٛز چھہ شیو اگمُک پرچار کرن وول شری کنٹھ مانٛنہٕ یِوان۔ اَمہ
علاوٕ چھُ کلہن تانترک فرقُک حوالہٕ دِوان یُس شِوٕ پوزایہ سیتۍ سیٹھا
واٹھ تھوان چھُ۔ ییٚلہِ اشوکہٕ سُنٛد راجہ بڑو نِشٹھ (272-232 B.C)
کٔشیرِ منٛز بُدھ مت ژاو تہٕ ییٚنکو لُکہ اُسو شِو تہٕ شکتی ہٕنٛز پوزا کران
یِم اُسو شِو تہٕ شکتی کاینا تکو مول تہٕ ماج مانان۔ شیو شاسترٕ موجوب چھے
یِم زٕ علامژ کایناتس بناونس منٛز اہم رول ادا کران۔ مطالعہ کرنہٕ سیتۍ چھُ
ننان زِ کٔشیرِ منٛز چھہ شِو شِو تہٕ شکتی ہٕنٛز عبادتھ تواریخ کہ برونٛہہ دورٕ
پیٹھٕ سیٹھا مقبول اُس رُژ۔ وُنۍ کینٛہہ تہٕ چھ یٚیتہٕ تواریخ بُرہہ واریاہ
شِو سٕندۍ استھاپن موجود یِمن منٛز یِم زیادٕ مشہور چھہ۔ مثلن۔ امریشور۔
وِجییشور۔ سُریشور۔ (اَتھ چھہ وُنۍ کینس سُرکہ شور ونان)۔

ہرشیشور (اَتھ چھہ وُنۍ کینس ہرکہ شور وَنان تہٕ یہ
چھُ کھونہ موہہ طرفہ اکس پہاڑس پیٹھ) مہادیو۔ بھوتیشور۔ ہرمکیشور۔
بیترِ۔ شیو مت چھُ پرتھ جایہ شاکتیک (شکتی سیتۍ تعلق تھووَن وول) اد مت
اوسے۔ چھے وُنۍ کینس تہٕ پرانہٕ زیادٕ شکتی سیتۍ منسوب یِوان کرنہٕ۔ ییٚمہ
پاٹھۍ اوس پرانہِ وقتہٕ پیٹھٕ کٔشیرِ منٛز شِو تہٕ شکتی ہٕنٛز پوزایہ سیٹھا واٹھ۔

## ویدِک فلسفہٕ تہٕ بودھ فلسفہٕ

ویدن منٛز چھُ رِگوید سبہٕ کھۄتہٕ پرٛون مانہٕ یوان۔ یِہ ویدِک دور چھُ عالِمو (3000-2000 B.C) ترٛےٚ ساس پیٹھہٕ زٕ ساس قبل مسیح مونمُت۔ تہٕ امہِ پتہٕ کُن یِس ویدِک لِٹریچر یتھ منٛز برٛہمن گرنٛتھ آرنیک تہٕ بیٚییہِ اُپنِشد شامِل چھِ یِم چھِ فلسفہٕ یانہٕ خیالو سیتہٕ بَرپوٗر۔ مگر یتھ اَسی اصل فلسفہٕ وَنوٗ سہ گوو مہاتما بُدھ سٕنٛدِ دورٕ (500 B C) پیٹھہٕ شوٗرٕ۔ یہِ چھُ اَسہِ بوزنہٕ یوان زِ مہاتما بُدھ تہٕ وردھ مان مہاویر اَسی زیادٕ تر فلسفہٕ دانی۔ یِمو دۄشوٕے لگو ویٚنہٕ سوٗچ زندگی ہِنٛدِ تہٕ دُکھک (دُکھیُک) مسلہٕ حل کرنہٕ خاطرٕ۔ یتھ منٛز یِمو بگوانہٕ پنٛنِس دِل خۄدٲیی تہٕ اُمی ہُنٛز کار کردگی سیتہٕ کانٛہہ تولُق تھوو نہٕ۔ بودن ہِنٛدِ پیٹھہٕ کٕرٕ ایہِ کوٚڈہٕ وارِیاہ فلسفن ہِنٛدِ سوٗکول۔ یِمو پتہٕ آیہٕ اُپنِشدن ہِنٛدِ فلسفو یانہٕ خیالو پیٹھہٕ برہمن ہِنٛدِ سانکھیہ یوگ بیتر مت بارسس۔

## شیوٕ فلسفہٕ

شیوٕ مَتُچ تحریک پیٚیہ ہِنٛدُستانس منٛز ویدِک تحریک چھو سبہٕ کھۄتہٕ گۄڈٕ برونٛہہ شوٗرٕ۔ موہنجو دارو تہٕ ہڑپاہس منٛز لبہٕ مٕتیو نِشانو چھُ ہاوان دِتُمت زِ شیوٕ مت اوس سِندھ وادی ہِنٛدِس تہذیبکس دورس منٛز (۳۲۵۰--۲۷۵۰ B-C) پھٔہلیومُت۔ یہِ کتھ چھےٚ سَرجان مارشلَن پنٛنِس رپوٹس منٛز وَنٕمٕژ۔ شیوٕ مَتُچ تواریخ چھےٚ اَتھ دورس منٛز یا شاید اَمہِ کھۄتہٕ کوتاہ کال برونٛہہ شوٗرٕ گامٕژ۔ شیوٕ مَتکۍ پیروکار تہٕ ویدِک مَتکۍ مانن وٲلۍ اَسی سبہٕ کھۄتہٕ ہُس

چھُ یِمَن کتھن ہُنٛد غور تہٕ سوٚنٛچ کَرٕ فلسفہٕ۔ یِموٚے مُختلف خیالاتو موکھہٕ
گیہٕ فلسفس بیٚیہٕ بیٚیہٕ شاخہٕ مثلن Psy-Metaphysics
Positive & Scientific-Philosophy-chology.
Aesthetics Ethics & Morals بیتر آیہٕ وجوُدس منٛز

مغربی مُلکن منٛز روٗد عِلمی فلسفہٕ مذہبہٕ نِشہِ پوٚر پانٕہٕ دوٗر مگر
ہِنٛدوستانس منٛز ہیکو نہٕ اَسہِ یہِ وَنِتھ زِ فلسفہٕ چھُ مذہبہٕ کین مَتنن
(Doctrine) نِشہِ بیٚیون۔ بَلکہِ نیٚبر میوٗ عالمہٕ تہٕ چھِ یِیہِ
کتھ گۆمژ زِ ہِنٛدوستانُک فلسفہٕ ژھیٚنوان نہٕ مذہبہٕ نِشہِ تہٕ الگ ٹھلک
روٗدمُت۔ دراصل چھُ یہِ حقیقت زِ مذہبہٕ کیو مَتو بیٚیہِ گیہٕ بیٚیون بیٚیون
فلسفن ہِنٛدی سوالو پاد تہٕ مُختلف سوٚنٛچ کَرن والین رِشین ہِنٛدین
بیٚیون بیٚیون نظریَن ہِنٛدین بُنیادن پیٹھ آیہٕ الگ الگ فلسفہٕ مَتھ
وجوُدس منٛز۔

## ویدک تہٕ شیومت

ہِنٛدوستانی تہذیبہٕ کیس دورس منٛز آیہٕ زٕ مذہب بارسس۔ ویدک
مت تہٕ شیومت۔ ویدِک مت سپُد آرین ہِنٛدیو مذہبی کِتابو پیٹھ شُروٗع
ییٚمہٕ ہِنٛد ناو وید چھُ۔ تہٕ شیومت چھُ پھَلیوو آمُت یِمن مذہبی شاسترن ہِنٛدِ
بُنیادس پیٹھ یِمن چھُ ناو "شیواگم"

سۆکوٗلن مُتعلق کینٛہہ کینٛہہ ہنٛوٚر گری کٔرِتھ یِمن کُتھن کٔشیرِ ہنٛدِس فلسفس سیٚتۍ
گوٚن واٹھ چھُ۔ رِگ ویدس (X ۹۰) منٛز چھُ سرویشوٚر وادس (Pantheis-
tic philosophy) شوٚروٚ گوٚمت۔ "پُرش چھُ یہ سورُے
کاینات یہ کینٛژھاہ بروٚنٛہہ کُن یِیہ تہٕ سورُے چھُ پُرش۔ پُرشہٕ چھُ پُرشک
مانے عظیم ہستی مونٛمت۔ یُتھِس اُسہ عام پاٹھۍ ایشوٚر وَنان چھِ۔ گویا یہ
سورُے زِنٛدہ چھُ ایشوٚرُک ہِنٛد روٗپ۔ اَتھ ویدکس (X ۱۲۹) منٛزِس منٛز چھُ
یہ خیال رٔٹِتھ سپٔدِمُت منٛز وۄ ختمت زِ یتھ کاینات ابتِدا چھُ
'چِت شکتی' (conscious principle) پیٚٹھ شوٚروٚ گوٚمت۔
یہ وۄن مےٚ بروٚنٛہہ رِگ وید چھُ (3000-2000 B.C) دورِس منٛز
وۄجوٗدس منٛز آمُت۔ ویدکس اَنٛتس پیٚٹھ آو "ادویت برہم گیانک"
فلسفہ وۄجوٗدس منٛز۔ تِکیا گوٚ زِ یتھ کاینات ہنٛز حقیقت (Reality) چھےٚ
اَکھ برہم (Supreme Being) یُس چھُ ہِنٛدوٗستانُک
اہم فلسفہ۔ یہ فلسفہ آو اُپنِشدن منٛز تہٕ ویدک آدیٖن ہنٛدِس
ویدانت دَرشنس (فلسفس) منٛز جٕپاکھ پاٹھۍ ویژھناونہٕ۔ مےٚ وۄن
بروٚنٛہہ زِ بُدھ تہٕ مہاویر سُنٛد دورٕ (6th century B.C)
پیٚٹھ گَیہ ہِنٛدوٗستانکِس فلسفکۍ مُختلف سۆکوٗل جاری۔ وۄنۍ وَنَو اُسہ یِمن
کینٛژن سۆکوٗلن ہُنٛد نظریہ۔ لوکایت، یِمن 'چارواک' تہٕ چھِ وَنان' یِم
اُسۍ مادہٕ پرست تہٕ یِمَو کوٚر ایشورس ہنٛدِس آسنس تہٕ مرنہٕ پتہٕ زندگی آسنس
خلاف پرچار۔ یِم اُسۍ وَنان زِ مرنہٕ پتہٕ چھےٚنہٕ زندگی ہُنٛد کانٛہہ تہٕ وۄجود۔
برہسپتی رٔٹِتھ اوس اَتھ سۆکوٗلُک بٲنۍ کار چارواک تہٕ اوس اَمۍ سُنٛد

---

لہ "پُرُش ایویدم سرودم یدبھوتم یچہ بھویم"۔

کالِس سیتھ سیتھ رودان۔ تہٕ پیٚتہٕ پاٹھی ویدِک دَرمہٕ کین پارٕ کارَن مُختلِف
فلسفو پٮ۪ٹھ خیال وَنِتھ تِتھے پاٹھی وٕنِتھ شیوٕمت کین پارٕ کارَن تہٕ پیٚتھ
پاٹھی ویدِک فلسفہٕ دانَن ہِندی بیٚون بیٚون سوٗکول بنیہ۔ تِتھے پاٹھی
بنیہ شیو فلسفہٕ دانَن ہِندی تہٕ مُختلِف سوٗکول۔ ہِندوستانُک اکھ عالِم
سکھر سیکھ چھُ پننس وَکھتَس منز وَنان زِ شنکر آچاریہ سٕند دَورِ برونٹھ
(A.D ۸۲۲-۷۸۰) اُسہٕ شیو مَتُک یِم پانژھہ سوٗکول ہِندوستانس منز
پھٲلیمٕتؠ۔ یِمو پنٕنی پنٕنی فلسفن ہِندی سوٗکول تہٕ جٲری کٔری مٕتؠ۔ اُسہٕ
یِم سوٗکول اُسہٕ (۱) مہا پاشُپت (۲) شیو سِدھانت (۳) نیپال پاشُپت۔
(۴) کشیر شیو تہٕ (۵) جوٗدو بکٕ وِیر شیو۔

## یوٗرپس منز فلسفہ

یِتہٕ دورس منز (B.C ۵۰۰ برونٹھ) ہِندوستانس منز بُدھ مَتُک تہٕ جین
مَتُک فلسفہٕ وجودس منز آیہ، اُتھے دورس منز سپُد یوٗنانس منز فلسفُک
آغاز۔ قبل مسیح شییمہ صدی منز وٕتھو یوٗنانس منز مشہوٗر فلسفہٕ دان پھیلز
پیتھاگورس تہٕ سُکرات بیترِ یِمو زِندگی تہٕ کاینا تِچ حقیقژ ہِند تلاش شوٗرو
کوٚر۔ اَمہِ دورِ پتہٕ مغربس منز کمن کمن فلسفن ہِندی سوٗکول پٲدٕ گٔیہ
تِہٕنٛد نظریہ ہیکوٚ نہٕ اَسہ یِتھین دِتھ۔ یوٗرپس منز گوٚ فلسفُک عِلم گوٚ دٕیہ
یوٗنانس منز شوٗرو۔ مگر یوٗنانی فلسفہٕ دان چھِ پانہٕ وَنان زِ اَسہ ہیٚوٚچھ
فلسفہ ہِندوستانہٕ کین عالمَن نِشہِ۔

## ہِندوستانُک فلسفہ

مۆختصر پاٹھین وَنَو اَسہِ ہِندوستانُک فلسفہٕ تہٕ اَمہِ کین مختلِف

تہٕ آنند۔ یِم کیاہ گیہ: سَت گوٚ ہمیشہ روزَن واجینِۍ ہستی۔
(ETERNAL REALITY) چِت گوٚ شعوٗر یا ذیٛن طاقتہٕ
(Conscious Principle)۔ آنند (Bliss) گوٚ
تھدٕ کھوتہٕ تھوٚد سعدکھ یا وَنو اَتھ پار ماتھیک سعدکھ۔ ہِندوستانس منٛز آیہٕ
وَقتہٕ وَقتہٕ شیٚ فلسفہٕ وۄجوٗدس منٛز یِمو پننہٕ پننہٕ نظریہٕ رِکھ نوٚو نوٚو
فلسفیانہٕ خیال پیش کٔرۍ۔ یِم فلسفہٕ چھِ سانکھیہ۔ یوگ۔ نیایہ۔ ویشیشِک
میمانسا تہٕ ویدانت۔ مہرشی کپل چھُ سانکھیہ شاسترُک۔ پتنجلی یوگُک گوتم
نیایُک۔ کناد ویشیشِکُک۔ جیمنی میمانسا شاسترُک تہٕ بادراین ویدانت
شاسترُک بانی کارمانہٕ یوان۔ یِمَن یِتھہٕ پیٹھہٕ گوٚ ویاکرن شاسترکین عالمَن
منٛز شبد برہم واد تہٕ سپھوٹ واد سوٚکوٗل شوٗروٗ۔ یِمو دوٚیو فلسفو مُوجب
چھُ یِیمہ ساری کاینات ہُنٛد ابتدا شبد یا لفظ۔ اَتھ مُتعلق ہیکوٚ نہٕ پٲٹھِن کینٛہہ
وٲنِتھ۔ اَلبتہٕ کٔشیر ہِندس فلسفس منٛز کرِو امیکُٹ تذکرٕ۔ اِعظیمہ صدی منٛز
آیہٕ نہٕ تھدٕ فلاسفر بارسس گوڈ پاد تہٕ شنکراچاریہ۔ یِمو کوٚر ادویت
برہم واد ثابت کرنہٕ خاطرٕ "وِورت" ناوُک مت یا "مایا واد" رٲیج۔ اَمہ
مَتہٕ (Doctrine) رِکھ وَنن یِمو۔ اَکھُے برہم چھُ پوٚز تہٕ یہ زگت چھُ
اَپُز (مِتھیا) تہٕ زیٖو چھُ برہم بیٚیہ نہٕ کینٛہہ۔ اَتھ مَتس لوٚگ پتہٕ بیس
دوٚرس منٛز بیٚین مَتَن ہُنٛد ٹکراو۔ یِمن مَتن منٛز بھاسکراچاریہ۔ رامانجاچاریہ۔ ولبھاچاریہ بیترِ ہِنٛدی سوٚکوٗل ذِکر کرنس لایق چھِ۔ یِمو شنکر
اچاریہ سُنٛد مایا واد پھُٹراوِ (Refute) تہٕ یِمن سوٚکولن
منٛز چھُ کٔشیر ہُنٛد تریک یا تریکا فلسفہ تہٕ شامل۔ اَمہِ تریکہ فلسفن مُوجب
شنکراچاریہ سُنٛد مایا واد۔ ہِندوستان کین شیو مَتن منٛز تہٕ آیہٕ مُختلف واد

---

[1] "برہم ستیم جگت مِتھیا جیوو برہمیو ناپرہ"

ژاٹھ۔ جین مَتہٕ والین ہُنْد چھُ اَنیکانت واد (Doctrine) سیٹھاہ مشہوٗر۔ اَتھ منٛز آو عظیم ہستی (Reality) ہُنْد بٔوان رٔوپن ہِنٛد بۄدس منٛز ہیٚتھ آونہٕ۔ ژوٗوہ اَسی جینیٚن ہِنٛدِ گۄرٕ یمن تیرتھنکر چھِ وَنان۔ گۄڈنیُک اوس رِشبھ دیو تہٕ آخری اوس وردھمان مہاویر (6th, century B.C)

سَرداستہٕ واد، کشنک واد۔ وِگیان واد تہٕ شوٗنیہ واد چھِ بوٗدن ہِنٛدِ ژور مشہوٗر سوٗکوٗل۔ یمن منٛز چھُ کشنک وادس تہٕ شوٗنیہ وادس زیادٕ زور دِنہٕ آمُت۔ وِگیان وادی بانے وِگیان وادس پیٚٹھ چلن والی چھِ جانان زِ عظیم ہستی چھےٚ خیالن ہُنٛز ژٕ (Flow) یُس ہمیشہ منٛزٕ بدلان Flux چھُ۔ شوٗنیہ وادی چھِ وَنان عظیم ہستی چھےٚ شوٗنٛی (Voidness)۔ یِمو بوٗدھ سوٗکوٗلو پتہٕ یمن یمن فلسفن ہِنٛدِ سوٗکوٗل بَرٛہمن مت کین پٲرو کاڑن منٛز بارسس آیہٕ۔ تِم چھِ یِم: (1-2) سانکھیہ یوگ سوٗکوٗل۔ یِمو چھُ مادی طاقتہٕ تہٕ خیالک طاقتہٕ عظیم ہستی موٗنمٕت۔ نیاے تہٕ ویشیشِک (3-4) یِہٕنٛد نظریہ کنہٕ چھُ یہ کاینات سیٹھا ہَوتہٕ مختلف مادٕن ہِنٛدِ ہیٚلہٕ سیٖتۍ بنیومٕت۔ خاص کٔرِتھ چھُ ویشیشک متس منٛز یِم عنصر اٹھمن منٛز یا ذرن منٛز تقسیم کرنہٕ آمٕتۍ۔ یِمو ذرو سیٖتۍ یہ سوروٗے سَنسار بنیوو۔ میمانسا تہٕ ویدانت۔ یِمو دۄیو متو کوٚر کرمک فلسفہ تہٕ برہمہ گیانک فلسفہ قایم۔ کرمہٕ فلسفہ موجوٗب چھُ زیوٚ (انسانس) پننین کرنیٚن یا عملن ہِنٛدِ پھَل ضروٗر بوٚگُن پیوان۔ رٕژ کام آسین کٔرمٕژ تہٕ رٕتے پھَل نیٚرِ۔ خراب کرم آسن کٔرِمٕتۍ تہٕ ناکارٕ پھَل بوگہٕ۔ برہم گیانک فلسفہ چھُ وَنان زِ عظیم ہستی چھےٚ برہم۔ برہم چھُ ... چیت

صدی تانی کٲشرِ منز عوٗرۍ جِٹس پیٹھ۔ اَتھ سٟتۍ نوٚن٘مہ صدی منز آو کٲشرِ منز اَکھ مذہبی اِنقلاب۔ یِہُنٛد نتیجہ نیوٗن یہٕ زِ بُدھ مَتُک لوٗگ سیٹھا دَکہٕ تہٕ پرون شیو مَت آو بییہ بارسس۔ نوٚن٘مہ صدی منز بنیہٕ کٲشرِ مختلف فلسفن ہِندِ یِن لہرن ہُنٛد سنگم۔ یِم لہرٕ آیہ ہِندُستانہٕ پیٹھۍ۔ بوٚدن ویدِکن۔ شیون۔ شاکتن۔ وٛیاکرنن (Grammarians) ساںکھین نیایکن۔ ویدانتین تہٕ یوگہ درشنہٕ کیٚن سوٗکولن نیشہ کٲشرِ منز۔ یِمن فلسفن ہِندِ سنگمہ کِنۍ آو اَکھ نوٚو فلسفہ وجودس منز یتھ عام لوٗکھ چھِ دکشمیر شیو اِزم' وَنان مگر یہ چھُ اَکھ خاص فلسفہ یِہُنٛد ناو چھُ تہٕ پرتیبھجنیا درشن (فلسفہ) چھُ۔ یہ چھُ یِوان بوزنہٕ زِ یہ فلسفہ پیش کرن والیو آسہ سیٹھا فلسفیانہ خیال یِمن سوٗکولن مُکمل تہٕ موکلہ بناونہٕ خاطرہ یِمو مَنوٗ منز۔ مگر کٲشرِ ہِندیو فلسفہ دانو کوٚر یہ نوٚو فلسفہ پننس ٹیکنیکس (Techniques) منز پیش۔ یُس یِمو کشمیر شیو اِزمہ منز کوٚڈ۔

## ترِکہ شاستر تہٕ اَمہ فلسفُک سار (Theme)

کٲشرِ ہِندِ ین شیون ہِندۍ چھِ ترٛیٚن مختلف سوٗکولن مذہبی بُنیادن پیٹھ وجودس منز آمتۍ۔ (۱) آگم شاستر (۲) سپند شاستر (۳) پرتیبھجنیا شاستر۔ یِمن ترٛیشوٕنی شاستر ن یکہ وٹہٕ کرِتھ یوٚد اَتھ ترِکہ شاستر ناو۔ (یانے ترٛیٚن شاسترن ہُنٛد تیل) یِمن ترٛیشوٕنی شاسترن متعلق چھُ یِمن یِمن سیٹھا وسی لِٹریچر یُہُنٛد تذکرہ اَسہِ وونی کوٚرو۔ اَمیُک تذکرہ کرُن تہٕ بُڈ وٕزِ چھُ یِمنین اَمہ لِٹریچرکس وجودس تہٕ تواریخی پہلوہس پیٹھ کینہہ وَنُن ضروٗری۔ گوڈٕنیچ کتھ چھےٚ یہ وَنِنۍ ضروٗری زِ نوٚن٘مہ صدی منز

(Doctrines) وۄجوٗدس منز۔ یمن متعلق یلیتین وَنُن ضروٗری

## کٲشیرِ منز فلسفُک وۄجوٗد

ییٚتھ پاٹھۍ ہِندُستانس منز مذہبی متو منزٕ فلسفہٕ وۄجوٗدس

منز آیہ تیتھے پاٹھۍ آو کٲشرِ منز تہٕ فلسفہٕ شیو متہٕ پیٚٹھ وۄجوٗدس منز۔

پہ کتہٕ آیہِ برونٹھ زِ وَنِنہٕ زِ شیومت چھُ سیٹھا پرٲون تہٕ ہِندُستانہ

کین مختلف جٲین منز اوس یہ برونٹھے مۄقتہٕ پیٚٹھے لۄکن منز مقبوٗل

تہٕ کٲشیرِ منز تہٕ اوس یہ فلسفہٕ مہاراج اشوک (273-232 B-C)

سندِ وَقتہٕ برونٹھ بارسس آمُت۔ بُدھ مت اوس کٲشرِ منز یمین

متن ہِندی اُتھ تہٕ زیادٕے مقبوٗل۔ یہ چھُنہٕ پتاہ زِ شیو شکتی

مت کر سنا آو کٲشرِ منز۔ مگر کلہن سنزِ راج ترنگنی مطٲبق چھُ باسان

زِ مہابھارت کہِ دورٕ پیٚٹھٕ (۲۸ ۳ B-C) اُسی کٲشیر ہِندُستانہٕ کین

باقی جٲین سیتۍ خبر کیٚنہٕ وقتہٕ پیٚٹھٕ تولقاتہ سیدِ ییتھۍ مرگام پہاڑ منز ولیہ آسنہٕ کنۍ چھُ باسان زِ کٲشیر آسہے

ہِندُستانکین بیٚین جٲین نِشہٕ الگ ہِش روز متھ۔ تکیازِ اَتھ انسانہٕ منزلین گرٕ جٲن

آسہے سیٹھا دُشوار۔ مگر کٲشرِ ہِنز تواریخ چھِ وَنان زِ یہ مشکلِ تو باوۄجوٗد

تہٕ چھُ اوس مُت کٲشرِ تہٕ باقے ہِندُستانُک پانہٕ وانۍ اتہٕ گتہٕ (Co-

mmunication) پرانہٕ وقتہٕ پیٚٹھٕ جٲری تہٕ قدرتی کتھ چھے

زِ کٲشرِ منز وٲتۍ ہِندُستانہٕ پیٚٹھٕ وقتہٕ وقتہٕ مختلف مت تہٕ فلسفہٕ۔ یمن منز

ویدِک شیومت تہٕ فلسفہٕ شٲمل چھِ۔ ییمہٕ سۄکو لو ترٲوو کٲشرِ ہِندین عالمن

پیٹھ سیٹھاہ اثر۔ بُدھ مت اوس کٲشرِ منز مہاراج سندِ دورٕ پیٚٹھٕ سیٹھاہ

کال برونٹھ پھٲلیو مُت۔ یہ مت اوس اشوکہ سندِ وقتہٕ پیٚٹھٕ تمہ ضدی

آگم گرنتھن منز چھ یم گرنتھ مشہور :

(۱) مالنی وجے تنتر یا وجیوتر (۲) سوچھند تنتر (۳) وگیان بھیرو (۴) آنند بھیرو (یہ چھ نایاب) (۵) مرگیندر بھتنگ نیتر۔ نشواسس سوا، بھیرو۔ رودر یامل تنتر بیتر۔ یمن ہندۍ موضوع چھ واریاہ۔ مذہبی تہ فلسفی یا نہ مشلن مالنی وجے تنترس منز چھ موکھتی ہندین ترین وتہ یاین ہند تذکرہ کرنہ آمت۔ یمن وَنان چھ (۱) آنو پاے (۲) شاکتو پاے تہ (۳) شامبھوو پاے بیتر۔ یمو مضمونو علاوہ چھ یہ وننہ یوان زِ یہ مالنی وجے تنتر چھ پرتہ بھجیا شاستر کہ آگما دھکارک (آگمہ کہ حصک) آگرۍ سوچھند تنترس منز چھ یم مضمون ـــ؛ یوگہ دھیانس متعلق۔ بودھ فلسفکس شونیہ وادس تہ بیْیہ فلسفی یا نہ خیالن متعلق۔ وگیان بھیرو چھ یوگہ کیاہ نیج عمل بیان کران۔ پرانہ مشکا اتھ منز چھ شبد تہ یم واریاہ ہند مت وننہ آمت تہ پرا[1]۔ پشینتی[2]۔ مدھیما[3] تہ ویکھری[4]۔ یتھ سوترن متعلق

---

[1] پرا چھ نتھہ آواز ونان یُس سیٚد مولا دارس (نون نس تہ زل جایہ منز آکھ) ژکھرا منز پیٚھریتھ چھ۔

[2] پشینتی چھ نتھہ آواز ونان یُس سیٚد مولا دار پیٚچھ نیریتھ نون نس منز آسہ۔

[3] مدھیما چھ سہ آواز یُس سیٚد نون نہ پیٚچھ وَچھس منز روزِ۔

[4] ویکھری سہ آواز یُس سیٚد ہٹہ منز نیرِ۔

پرا تہ پشینتی چھ صرف ایشور تہ یوگی زانتھ ہیکان۔

دراصل چھے اکٔے آواز مولادار۔ نون نہ۔ وچھ تہ ہٹہ کہ ہلہ سیتی پرا، پشینتی۔ مدھیما تہ ویکھری امو ژورو ناوو کنہ وننہ یوان۔

اوس کٔشیرِ منٛز مذہبُک تہٕ فلسفُک اِنقلاب آمُت۔ اُتھی دورس منٛز اوس
یمیتہٕ وسُگُپت ناوُک ریٚوش روزان ییٚمۍ شِوٕ سوٗترٕ ناوُک شاسترٕ ہمادیو
پہاڑٕچہ اَکس شیلہِ پیٚٹھہٕ لیٚوکھمُت تووب۔ یِمن سوٗترن پیٚٹھ کوٗر ییٚمہٕ
دٕ یِو آچاریو، کلٹن تہٕ سوماننٛدن پننہٕ پننہٕ ترایہٕ موجوٗب منٛن (سورۍ)
کلٹن دیُت پنُن مت مذہبچہ بُنیادِ پیٚٹھ تہٕ سوماننٛدن بنوو پنُن سوٗکول
فلسفی یانہٕ خیالن منٛز بُنیادِ پیٚٹھ۔ یِہِنے چھِہٕ اَکھ اَہم کتھ زِ یِم ترٚیشے
مختلف سوٗکول کتھہٕ پٲٹھۍ آیہٕ توارٕیخی نظریہٕ کِنی ووجودس منٛز۔
وسُگُپت چھُ آگم شاسترُک بٲنی کارٕ مانہٕ یِوان۔ تہٕ کیاز شِوٕ سوٗتر چھِہٕ آگم
شاسترُک اہم انگ تہٕ یِہٕ چھُہٕ آگم شاسترٕچ اَکھ زھوٗٹ موٚٹ کتاب۔ کلٹن
اوٚن پنُن سوٗکول ووجودس منٛز تہٕ اَکھ پیٚوٗ ناو سپنٛد شاستر۔ اُمہٕ چھِہٕ
سپنٛد شاسترس منٛز شِوٕ سوٗترن ہنٛز تشریح پننہٕ نظریہٕ کِنی کٔرمٕژ۔ اَمہٕ کِنی
گوٚ یہٕ سپنٛد شاسترُک گوڈٕ نیُک بٲنی کار۔ اَمہٕ پتہٕ اوٚن سوماننٛدن ترٚیشِم
سوٗکول یانے پرتیہٕ بھِجنیا سوٗکول بارسس۔ یہٕ سوٗکول کوٚر اَمہِ فلسفہٕ کِنہ
بُنیادِ پیٚٹھ کھڈا۔ یِمن ترٚیشوٕنی سوٗکولن چھِہٕ ناوِ تِہٕ اَسہِ تہٕ وُنہِ کُن وَنو۔ حال وُنو
اَسہِ یِمن ترٚیشوٕن شاسترن مُتعلق۔

## (۱) آگم شاستر

شِیوٕ شاستر چھُ پرمپرا یہٕ پیٚٹھہٕ چلن والین عالِمن ہنٛد خیال
چھُ زِ آگم شاستر چھِہٕ نہٕ کانٛہہ اِنسانٕ لیٚکھمُت۔ ہٕمنٛد ووجود چھُ سناتن
(ابدی)۔ وِنان چھِہٕ زِ یہٕ شاستر اوس کیٚنٛہن کالس نکالِ کھانس گوٚمُت۔
پتہٕ کوٚڈ یہٕ شاستر شِیوٕ شاسترکیو رِشو نٕون تہٕ ہُنٛد گیانٕ بھلو ڈکھ زٕگتس منٛز۔

رٕوٗپس منز یا گرٕمی ہیٚندِس رٕوٗپس منز، یا ورکس روٗپس منز۔ دیدٕیو شبدٕ
رکس رٕوٗپس تہٕ ٹی، وی شکلن ہیٚندِس رٕوٗپس منز۔ تتھے پٲٹھۍ چھ سپنٛدُک
ظہوٗر یِمہٕ کائنات کین مختلف پدارتھن (objects) منز ظاہر گژھان۔

## سپنٛد کیا گو :-

سپنٛد گو شوٗعوٗرُک (consciousness) سہ طاقتھ
یُس جسمانی حواسن منز یا پینٛڈرین منز زندگی دِیہ۔ امہ طاقتہ روٗس
باسہ زندگی بے کار تہٕ زوٗ روٗس۔ یہ طاقتھ ہیٚکہ سہ زانتھ یُس پٹھکہ
پٲٹھۍ پننس آزادانہٕ شوٗعوٗری سعی باوس (Nature) آسہ مشاہدہ
کران۔ امہ قسمہ کس طریقس یا وٗدیہ کس (Action) چھ شیوا
گم مُطابق 'بھیرو' وَنان یتھلن: 'دیمو بھیرو' یانے عمل چھےٚ بوٚڈ طاقتھ۔
سپنٛدُک یہ طاقتھ چھ حواسن (senses) منز وُنتش دِنہٕ وِزِ یاد اِیشہ
ہُنند۔ وُجوٗدُک تہٕ سمہارُک (فنا ہُنٛد) وجہ بنان۔ امی طاقتہٕ سیتۍ
چھ دُنیہس منز پریتھ کانہہ چیز وُجوٗدس منز یوان بیتہٕ دران تہٕ فنا
گژھان۔

سپنٛد سِدانت (Doctrine) چھ تریمات (Perceiver
تہٕ پرمیبیس (object) سیتۍ ازھ بھٹوان۔ یہ سورُے دُنیا چھ
سپنٛدُک ظہوٗر۔ یہ چھُ سُے زانان یُس امہ کیس زاوِیہ جارُن گژھ۔

آتما (رُوح) چھُ دراصل پرکاش تہٕ ومرش روٗپ۔ آتما چھُ دراصل
پرم شِو یانے عظیم ہستی۔ آتما ہیچ عظیم ہستی آسنہٕ چھےٚ ازج شوٗعوٗری
حالتھ۔ یہ شوٗعوٗری حالتھ چھےٚ امیک سپنٛد (ہلچل) آسُن۔ سپنٛدس

آدَ بَرۍ نیٚچھٕ وَنِتھ زِ بیہٕتھ موضوع چھُ تٔمِۍ ژُنٕہن دٔزِ بیتھن ووہ یٲیِن ہُشند
بیان۔ گٔنِد گٔنِتھ چھِ اَتھ منٛز فلسفس یا یتھ خیال تہٕ میلان مثلن اَکھ سوٗتر چھُ
دنان زِ "پیستنیم آتما" یانے آتما چھُ ژٕپتن یا شعور۔ ییٚلِس جایہ
چھُ دنان زِ آتما چھُ شِو یانے عظیم ہستی تہٕ یژھے بیٚیہ بیٚیہ کتھ
چھِ ہِمن شاسترن منٛز آمژٕ۔

## (۲) سپند شاستر

تٕرِ کہِ فلسفُک اَکھ حِصہ چھُ سپند شاستر ماننہٕ یوان۔ سپند
سلسلک آگُر چھِ شِو سوٗتر۔ یِم چھِ کارِکاین منٛز لیکھنہٕ آمتۍ۔ یِم
کارِکایہ چھےٚ شِبو مَنٛکس اُصولن سیٚتۍ واٹھ تھوان۔ اَمیُک اَدب
چھُ کارِکاین پیٹھٕ مشتمِل۔ اَمہ شاسترُک لٹریچر چھُ یہ: (۱) سپند
کارِکا[1] (۲) سپند ورتی (مختصر تفسیر ییم چھےٚ کلٹن اَچھرِ) (۳) سپند
وِوِرتی۔ یہ چھےٚ رامہ کنٹھن بناوِمژ (۴) سپند پردیپکا۔ یہ چھےٚ اُتپل
دیوَن بناومژ۔ (۵) سپند سندوہ چھُ کھیم راجن لیوٚکھمُت تہٕ سپند
نِرنےٚ تہٕ چھُ اُمی لیوٚکھمُت۔ ییٚمہ سپند شاسترُک خاص موضوع چھُ
عظیم ہستی شِو سُند سپند (Energy) یانے طاقت۔ اَمہ طاقتہٕ کنۍ
چھِ یہ سورُے کاینات بنان۔ شِو فلسفس منٛز ییم شیٚتیہ ژٕرہ (۳۶) توتھ
(Elements) ونِنہٕ آمتۍ چھِ تِم تہٕ چھِ اَمہ سپندٕ منٛز بنیمتۍ۔ ییٚتھ پاٹھۍ
بجلی منٛز رُد مختلف روٗپن منٛز ظاہر گژھان چھےٚ یانے گاشہٕ کِس

---

[1] یہ چھےٚ وَنہٕ پنہٕ واہ زِ یہ کارِکا چھےٚ وسُگپتن لیچھمژ یا کلٹن۔

کأنہہ آدار ( Base ) دُز یُہُس منز چھ اُسہ ہُیوٗن ہُیوٗن چیز وُچھان۔ تہٕ وُچھتہٕ چھ تیمَن اُسہ الگ الگ ناو دِوان۔ یِم ناو چھ اُسہ تیٚلہِ دِوان ییٚلہِ اُسہِ شُعوٗر ( Consciousness ) چھُ۔

اکہِ طرفہٕ چھُ اکھ زیو اتما ییٚمِس طاقتس موٗحدوٗد مانان۔ پنٕنہٕ آزادی بڑھ ہیتھ چھُ اَمِس پنُن دایرٕ تنگ تہٕ موٗحدوٗد یاسان۔ اکہِ صورتس منز یِتھہٕ پاٹھو ہیٚکہِ نہٕ موٗلہ آکرس سیتہٕ میلتھ۔ یہ سوال چھُ ہیٚتین وُتلان تہٕ اَمیُک جواب چھُ یِتھہٕ پاٹھہٕ ییٚلہِ دوٗیمہ طریقہٕ زیو اتما (Indi-vidual soul) پنٕنہٕ آزادی بڑھ سیتہٕ پنُن پان کأیناتی شعوٗرکِس آکرس سیتہٕ ملاوان چھُ یا نے تتھی ہیوٗہ بنان چھُ " اُدو بندھ ساری یُٹھن چھ اُسہ ہیوان تہٕ اُدو شُند موٗلہ بگر چھُ دایس ریوان ییٚن یِتہٕ ناتہہ زُنھو کان چھُ۔

جسمانی رُوح ( Embodied soul ) ییٚلہِ کأیناتی شعوٗرکس طاقتس ( ENERGY ) سیتہٕ میلان چھُ۔ اتہٕ چھُنہٕ اَمِس آنہٕ۔ مایہ تہٕ کارمہ، یِمَن ترٚین مٕلن منز حدبندی یاسان۔ یِم ترٚشے مل چھ اُتہٕ غائب گژھان۔ یِم ترٚشے مل چھ اِنسانہٕ منز بڑھ گیانس تہٕ کِریایہ ( Desire, Knowledge & Activity ) زُنھو کراوان۔

لگاتار وندس وُچھنہٕ سیتہٕ ( Introspection ) چھ یِم مل دوٗر گژھان۔ تہٕ اتہٕ چھُ یہ ( زیو ) بتھر حالژ منز یٚڑچھلان تہٕ اَکھ حالژ منز چھُ اَمِس پوٗرٕ آنند تہٕ گیان آسان۔

یہ بتھر حالتھ ( دشا ) چھنہٕ اکہِ قسمٕچ منٕز نٕہی دیہ چھِنہٕ یٕہ بتھر بڈ کو نیرہٕ اکھ حالژ منز وأتِتھ چھُنہٕ زیوس اُنٹر کی پالنہٕ ( [illegible] ) باس سپدان۔

گیٛنۍ کڈٕنۍ چھےٚ بیٚیتِھن بٔیِتھیہ ضروٗری۔

سپٲنٛد چھےٚ اَندرۅنی تہٕ بیرۅنی یِہِمَن دۅشوٕنۍ ہٕنٛز ہمیشہ چلوٕنۍ رفتار۔ مگر مادی طاقتچ رفتار تہٕ ٹُلو کہٕ وِمرشچ رفتار۔ سپٲنٛد چھےٚ اَکہٕ قسمچ ودٕتھ وودٕتھ ہٕشی یِوان سیہ اَندرۅنی تہٕ بیرۅنی پرکاشچ (شوٗنیتاچ) عمل چھےٚ مگر دۅنٛی یاکی پرکاشچ تہٕ باسنکہٕ پرکاشچ۔

سپٲنٛد چھےٚ اَکہٕ قسمچ لٕہر مگر بجلی ہٕنٛز ہِش یا آواز ہٕنٛز ہِش یا کُنہ مادی چیزٕچ لٕہر نہٕ، ٹُلو کہٕ یہ چھےٚ ژ آتمنچ یا شوٗنیتاچ لٕہر۔ پرکاش تہٕ وِمرشچ سیمتو تچ لٕہر یعنی موجب چھےٚ لٕہرن ہٕنٛز رفتار ہلو یا ٹھو بیرۅنی آسان۔ مگر سپٲنٛدس تعلق چھُ یہ وننہٕ یوان زٕ اَکچ رفتار چھےٚ اَکہٕ وٹہٕ بیرۅنی تہٕ اَندرۅنی تہٕ آسان۔ دراصل چھُ یہ یِنہٕ پرکاشہ کنی زانہٕ یوان۔ آتماہس مَنٛز یِیہ سپٲنٛدٕ روٗپتا چھےٚ اُمہٕ کہٕ بجرِ سپتھ چھیٚیہٕ اُمس پننہٕ پرکاشنہٕ خاطرٕ تہٕ وِمرشنہٕ خاطرٕ کُنِشک مدد ضرورت پیوان۔ یہ حالت موٗحسوس کرنہٕ سپتھ چھُ اِنسان پادٕ ایشہ ہیتھ تہٕ فناہ گژھنہٕ کہٕ طاقتکہٕ خوفہٕ نِشہ مُچِھتھ روزان۔

[1] یہ چھےٚ سۅ حالت یتھ مَنٛز نہٕ چھُ سۅ کُھہ نہٕ چھُ دۅہ کُھہ نہٕ ییکو اُسو اَتھ حالتس مَنٛز کانٛہہ چیز خواسو سپتھ زٲنتھ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ اَتھ چیز ییٚلہٕ خواسو سپتھ زٲنتھ ہیکان چھنہٕ۔ چھنہٕ کہیں۔ صرف ژٕ پتہٕ (شوٗنیتار)۔ شوٗنیتارٕ وراے چھُنہٕ اَتھ چیزس کانٛہہ صفتھ نہٕ چھس

---

[1] Pure consciousness

[2] نہٕ دُکھم نہٕ سُکھم ییتھ۔ نہٕ گراہیم گراہکم نچہٕ۔ نہٕ چاسَتہٕ موٗڈاتھ بجاہ یہ تہٕ دستہ پرمارتھنہٕ۔ سپٲنٛد نِرنیہ۔ صفحہ نمبر ۱۷

بیتر. سپند لفظ چھُ انگریزی کِس سپیڈس (Speed) تہٕ ڈچ زبٲنۍ ہِنٛدِس سپوڈس (Spoed) ہیٚتھ دلان. شیوٕ فلسفہٕ موجوب چھُ سپنٛدُک مانے speeding with pulsation یانے وہہ ٹہٕ ووہ ٹہٕ ہیٚتھ تیز رفتار سپنٛدس چھُ پوٚہ ہیے مانے مثلن. ژ اِنٛہٕ سپنٛدن (Life pul-sation) یہ کنہہ چھےٚ ویدِک زمانہٕ پیٹھہٕ سارِنے پَنٛنہٕ زِ کایناتس منٛز پرٛتھ کانٛہہ چیز چھُ صرف - لگاتار چلہٕ وُن سِلسلہ - اَمی کنہہ چھہ اسہ وُنۍ ہیٚس سنسکرِتس منٛز 'زگتھ' وَنان. زگتُک مانے چھُ - چلہٕ وُن - پکہٕ وُن. ایشوا سیو پنِشدس منٛز تہٕ چھُ اَسہ اَمیُک حوالہٕ میلان :-

مثلن "یت کِنٛچِت جگتیام جگت"

یتھ کایناتس منٛز چھُ سختہٕ کھوتہٕ سخ. کمہ یہ کھوتہٕ گوب تہٕ ٹھوس مادہٕ پکہٕ وُن، چلہٕ وُن تہٕ چھورہٕ وُن اَکھ جِسم. وُنۍ کیٚنٛکہ سائنسہٕ مطٲبق گو مادٕ صرف واریاہ رادَن ہُنٛد ترنگ. ساسہ بدٕ ورِی برٛونٛہہ چھےٚ یہ کنہہ شیوٕ فلسفہٕ دانو وُنۍ مژ.

## پرتہٕ بھِجنیا شاستر

یہ ووٚن مے برٛونٛہہ زِ پرتہٕ بھِجنیا شاستر چھُ ترٛکہٕ شاسترُک اصلی فلسفہٕ. یہ کتاب چھےٚ اَمہ فلسفہٕ کِس موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ یوان. اَوٕ کنہ چھُ اَکھ فلسفس متعلق کینٛہہ وَنُن ضروٗری.

پرتہٕ بھِجنیا لفظُک مانے چھُ زان - رٕنگہٕ زان. پننہٕ پانٕچ زان یانے

---

لہ سپند سمجنہٕ خاطرٕ پرٛ پرکاش تہٕ وِمرشُک حصہ غور ور پرٛن.

یہ چیز شۍ تھر یا خلاہ بس پور غل مُک تہٕ عملہٕ ہُند خزانہ چھُ۔ یہ چھُ اکھ پوشہٕ وُن
ذخیرٕ۔ آتما چھُ پننہٕ پرٕ کاشہٕ سیتر پرٕ کاش مان تہٕ وِمرشہٕ سیتو وِمرشیٚ مان
آسان۔ باقۍ سارۍ چیزن چھُ پننٕ وۄجود ثابتھ کرنہٕ خاطرٕ سمود رۄپ
آتما ہیچ ضرورتھ پیوان۔ اَتھ معنہ کِتھ ہیکو اَسۍ یہ وَنِتھ زِ رۄحس
وراے سارۍ یسے دُنیہس چھُ پننٕ وۄجود ثابتھ کرنہٕ خاطرٕ دۄیمِس
یانے رۄحس آویزٕ روزُن پیوان۔ مگر رۄحس چھنہٕ امہ کنۍ خاطرٕ یانِس
زنشہٕ بئین کانِسہ آویز روزُن پیوان۔ دُنیہس منٛز بیئیس آلونٛد
روزُن چھُ غولامی۔ رۄحس کانِسہ پیٹھ آویزٕ نہ روزُن چھُ اُمیُک خودمختاری
آتما چھُ ہمیشہ سوتنتر۔ سوا تنترِیہ (Sovereignty) چھُ اَمیُک
صفتھ۔ سوا تنترِیہ چھُ آتمایہٕ یۄہے چھُ زیتنٕ تہٕ۔ شُدھ (Pure) زیتنُک
ناد چھُ۔ آتما۔ پرم شِو۔ پرم تہ ہم تہٕ بگوان بینتر۔ اتھ کنۍ چھُ اَسۍ ساری پرم شِوسے
عظیم ہستی یہ۔ دراصل چھُ اَسۍ ساری سوتنتر (آزاد)۔ پرم شِو چھُ پننہ
قدرتی سپنٛد (ہل چل) سیتو گیانہٕ (Knowledge) تہٕ کریایہ۔ (Ac-
tion) یہ ہندِس مُنزلِس منٛز وسان تہٕ امہ منٛزلہٕ پیٹھہ چھُ سُہ ہمیشہ پرٕ کاش
تہٕ وِمرشکس منٛزلس پیٹھ کھسان تہٕ۔ یۄہے چھُ سپنٛد چھُ انتر مکھتایہ (رتنیٚر وِنی)
(اندرٕ وٚنی) تہٕ بہر مکھتایہ عالمہٕ ہُند کرشمہ۔

شیو فلسفس منٛز چھُ سپنٛدُک تصوُر دُنیہ کینکِس سائینسی نظریس کِنی
مُطابقہ سیٹھاہ اہم۔ سپنٛدُک مطلب چھُ۔ چھورُن۔ وٹہٕ ووٹ۔ وٹہ

---

۵۔ عالمس منٛز چھے عظیم ہستی بہرِ مکھ یانے وِمرش رۄپ (مجازی) عالمہ
ہیتۍ چھے انتر مکھ (پرٕ کاش رۄپ یانے خالص نور)

ترِکہ شاسترس منٛز چھہ یمَن بیٚیٚھوٚمین ترٛین شاسترن ہُنٛد سمگرہ
یا نیٚس سعہ میرَن ۔ اَتھ ترِکہ شاسترکِس لٹریچرس منٛز چھہ مشہوٗر اَبھِنوگُپت
سُنٛد تنترالوک ۔ تنترسار بیترِ ۔ یمَن ترِکہ شاسترکین گرنتھَن (کتابن) منٛز
چھہ بیٚیٚھ دُنیہ ہِنٛدین شاسترن منٛز آمتہ مذہبی تہٕ فلسفیانہ خیالگراو حوال بیمٕیک
بیان اَسہِ بڑونٛتھ کُن کرُو۔

پنٛژٕن پان پرزنٲوُن ـ بہ کُس چھُس ـ مےٚ منٛز کَم صِفَتھ چھہ ـ یِتھہ دٔنیاہَس منٛز بیتھہ چھُنہٕ میانہ خاطرٕ کینٛہہ تہٕ نامُمکِن ـ بہٕ چھُس پرم شوباے نے عظیم ہستی مےٚ منٛز چھہ تِمے صِفَتھ موجوٗد یِم تِمٕس عظیم ہستی منٛز موجوٗد چھہ ـ یِم قُدرتھ ژانٛہنٛز چھہ پَرِتھہ کانٛسہِ اِنسانَس خاطرٕ ضروٗری ـ یِتھہ پٲٹھہٕ سیٖٹھہ شاہٕ کھیٖلَس منٛز نکٕھ پنٛنہٕ بٔہو دٔری گوٚن بیترٕ منٛز اوٗیتھہ شاہے ہیوٗ بنان چھہ ـ تِتھے پٲٹھہٕ چھہ زیو (اِنسان) دٔنیاہَس منٛز یِتھہ پنٛنہٕ قدرتی صِفَتہٕ بیترٕ ہُلوکنۍ منٛزاوان ـ پنٛژٕن پان پرزنٲونُے چھہ اَمہٕ فِلسفُک ہرتہٕ ـ

بہٕ کتھہ ہیکو اَسہِ یِتھہ پٲٹھہٕ وِیژھہ نٲوِتھہ ـ یِتھہٕ پٲٹھہٕ اَکِس گنٛدکہ تنٛجہ منٛز جیوٗتی موٗجوٗد آسان چھےٚ ـ صرف پیٚھے دَبأوٕ سیٖتۍ سہ ظٲہر گژھان تِتھے پٲٹھہٕ چھےٚ اَکِس اِنسانَس منٛز تہٕ عظیم ہستیہٕ منٛز جیوٗتی موٗجوٗد ـ مگر سہ چھےٚ سہٕ نیٚبرٕ سہ نٕنیو کڈٕنۍ پیوان آمہٕ فلسفُک ہرتہٕ ـ

پرتہٕ بھِجنیا فِلسفُک لِٹریچر چھہ یِتھہ پٲٹھہٕ:

(۱) سوٗمانٛدٕنۍ شِو دِرشٹی

(۲) اُتپل دیوٕنۍ ایشور پرتہٕ بھِجنیا کارِکا ـ

(۳) اُتپل دیوٕنۍ پنٛنہٕ کارِکاہ پیٹھ وِرتی

(۴) پرتہٕ بھِجنیا کارِکاہ پیٹھ ابھِنوگُپت سٕنٛز موٚختصر ٹیٖکا وِمرشنی ـ

(۵) پرتہٕ بھِجنیا کارِکاہ پیٹھ ابھِنوگُپت سٕنٛز بیٚڈ ٹیٖکا ـ

(۶) ابھِنوگُپت سٕنٛد پرمارتھ سار ـ اَتھ پیٹھ چھےٚ یوگ راج سٕنٛز ٹیٖکا (Commentary) ـ

(۷) کھیم راج سٕنٛد پرتہٕ بھِجنیا ہِردیم

(۸) اُتپل دیوٕنۍ سِدھ تریٖیی بیترٕ

(Self . essence) چاہے شہ زۆڑ (سۭنٛ چھس) اُسۍ نَن
یاژہنن (چھس دار). شِوس چھےٚ سوٲتنتر شکھتی -
(Sovereign-ty of will) (سارۍ طاقتہٕ چھس پانس منز. بٔلۍ کہ بێیہِ کُنہِ نیبر پیٹھ
چیز کہ طاقتُک محتاج چھُنہ) شِو سُندۍ ترٛے طاقتہٕ کم چھ ترٛم چھ: اِچھا[1]
شکھتی. گیان[2] شکھتی تہٕ کرِیا[3] شکھتی (will. Knowledge
and Action) یہ شِو چھُ یہ سورُے کائناتھ تہٕ اَمہ کائناتہٕ نیبر یہ
کینٛژھا اَسہِ پتاہ چھُنہٕ تتہٕ چھُ شِو.

یِمے کینٛہ شِو سُندۍ زٕ روٗپ. کائناتُک روٗپ گو وِشوٗمے[4] تہٕ
کائناتہٕ نیبرِم روٗپ گو وِشوٗتِیرن[5]. وٕنی دٕیہٕ کانہہ زٕ کائناتس
منز گو یہ شِو موجوٗد. تیلہِ گو زٕ شہ عظیم ہستی. مگر سہ کیہہ چھنہٕ تیکیا زٕ
کائناتس منز گو شہ موجوٗد تہٕ کائناتہٕ نیبر گو شہ لا موجوٗد. کائناتس منز ساکار
(ظاہر) روٗزِتھ تہٕ چھُ شہ نِراکار (آکار یا شکلہِ روٗس) وٕنی گو زیو. زیو
چھ تہٕ کس منز پشہ (پوٗش) وتان. پشہ گو حیوان. یِیتھ پاٹھی گریا ژھال
بینتر چھُ. یم چھ رٕزٕ سینی یا لاکھہ سیتی بشد روزان. یِتھے پاٹھی چھُ زیو
تہٕ فو دٕ تکیو تُشدِ شِو سیتی بند. یِیمہ کنہ اَمس زیو پشر شکھتی چھےٚ موجوٗد
دراصل چھُ زیو شِو سُندُے امش (زٕر) (Spark) یا یہ وٕنی تو شہ
چھُ شِو پے مگر شہ چھُ موجوٗد کمس حالتس منز تہٕ بێیہِ چھُسنہٕ منن یان یا
پننٕ دوٕ روٗپ (روحانیت) (Divinity) پتاہ. یِیمہ فلسفہٕ موجوٗب

---

[1] اِچھا شکھتی (قوّتِ ارادہ) [2] گیان شکھتی (قوّتِ شناخت) [3] کرِیا شکھتی
(قوّتِ عمل) [4] وِشوٗمے (عالمس منز) [5] وِشوٗتیرن (عالمہٕ نیبر)

ترٛیم حصہ

# شیوٕ فلسفکی سدانت

## (۱) ترِکہ شاسترُک فلسفیانہٕ خیال

بروٚنٛہہ وۄن اَسہ ترِکہ شاستر چھُ ترٛیٛن شاسترن ہُنٛد سنٛگرٛہ (مجموعہ)
آگم شاستر۔ سپنٛد شاستر تہٕ پرتیہ بھِجنیا شاستر۔ یمَن ترٛیٛن منٛز چھُ اصل فلسفہ
(Proper Philosophy) پرتیہ بھِجنیا شاسترس منٛز پیش
کرنہٕ آمُت۔ مگر یہِ ہیکَو نہٕ وَنِتھ زِ فلسفیانہٕ خیال کیاہ چھِنہٕ گوڈنیکین دوٚن
شاسترن منٛز۔ بلکہ ترٛیشوٕے شاسترن چھِ فلسفیانہٕ خیالو سیتۍ بٔرِتھ۔ مگر
گوڈنیکین دوٚن شاسترن ہُنٛد نظریہ چھُنہٕ فلسفیانہٕ۔ تِم چھِ زیادٕ تر مذہبی
تہٕ تصوفکیو عملو سیتۍ بٔرِتھ۔ یمَن دوٚن شاسترن ہُنٛد پنُن خاص مقصد
چھُ یوٚہے۔ دوشونی دٔنو اُسو تِم فلسفیانہٕ خیال یِم ترٛیشوٕنی شاسترن منٛز
میلان چھِ (Common in three Shastras)
یمَن ترٛیشوٕنی شاسترن منٛز چھُ اَسہ ادویت فلسفُک (Monism) یا
توحیدکو خیال میلان۔ مگر یِم خیال چھِ مذہبی نظریہ رنگہٕ دِنہٕ آمتۍ۔ ویدانت
تہٕ چھُ ادویت شاستر مگر اَمیُک نظریہ چھُ فلسفیانہٕ۔ ترِکہ شاستر چھُ مانان
زِ شِو چھُ عظیم ہستی (Ultimate Reality) تہٕ چھُ ژیتن
(شعوری) (Consciousness) کاینا تس منٛز یہ کینٛژھا چھُ
تمیُک چھُ یہٕ موٗل (Cause) یانے یہ چھُ پرٛتھ کُنہٕ چیزُک سار

چھُ اُمِس زِیوِس پَنُن دٕوٕ رۄُپ یا شوٗ رۄُپ زانُن۔ یِمہٕ پیٹھ اُمِس مۄُحدوٗد روزنہٕ نِش بچاوُنس یا رٕز ژھیٚنِنہٕ تہٕ یِمہٕ رٕکھنہٕ یہٕ پَتہٕ موٗکھ یا نجاتھ حاصِل کرِ۔ اُمہٕ زِیوِن چھُ یا سنے پَنُن دٕوٕ رۄُپ تہٕ ییوٚ مَلوٚ سیٚتؠ کھٕٹِتھ ھتھوٗدمُت۔ یِم ترٛٹنے مَل دِنہٕ بہٕ بٔروٗنٛہہ کُن۔ یِیلہٕ یہٕ زِیوٕ یِم ترٛٹنے مَل چھلہٕ یا ژٔلاوِتہٕ اُمِس چھُ ناکارہٕ پَنُن شوٗ سوٗ رۄُپ یا رۄُحانی رۄُپ باسنس منٛز یِوان۔

## (۲) پٔرتہٕ بھجنیا فلسفہٕ

اَسہٕ وۄٚن بٔروٗنٛہہ زِ پٔرتہٕ بھجنیا شاستر چھُ پٔرکہٕ شاسترٕک اٖصل فلسفہٕ (Philosophy Proper) یا نے یمن ترٛیٚن شاسترن منٛز چھے پٔرتہٕ بھجنیا فلسفس اَکھ خاص اہمیت۔ اَتھ منٛز چھُ اَبیکیو آچاریہٕ یہٕ فلسفہٕ مذہبکیو جنٛجالو نِشہٕ آزاد کرنٕچ کوٗشش کرمٕژ۔ مگر تونتہٕ چھُ اَتھ شاسترس منٛز اَکھ لوکٕٹ حِصہ یتھ منٛز آگم شاسترکؠ اصوٗل فلسفہٕکس نظریس منٛز وَننہٕ آمٕتؠ۔ وۄنی وَنوٚ اَسی کیہہ ژٕ پٔرتہٕ بھجنیا دَرشن کیٚن آچارین متعلق۔ اَمہٕ پیتہٕ ہاوَو یہٕ شاستر (پٔرتہٕ بھجنیا) کیتھہٕ پٲٹھۍ آو ترتیبس منٛز وۄپرٕھناونہٕ۔ یہٕ فلسفہٕ چھُ اِنسانہٕ سٕنٛزِ زِندگی ہٕنٛدین مسلن ہٕنٛد اَکھ اہم حل یِمہٕ سیٚتؠ سُہ دُنیٲوی ترقی ہٕنٛدِس مٲدانس منٛز بٔروٗنٛہہ بٔروٗنٛہہ پکان چھُ۔ یہٕ وَنوٚ اَسی یِمہٕ کِتہٕ بہٕ ہنٛدِس بٔروٗنٛہہ مِس باگس منٛز (پٔرتہٕ بھجنیا فلسفچ قدر)۔

## پٔرتہٕ بھجنیا شاسترکؠ آچاریہٕ

### (۱) سوٗمانند

پٔرتہٕ بھجنیا فلسفکس سوٗکولس چھُ ہِندستانہٕ کیٚن فلسفن منٛز اَکھ

تہٕ مرٕن کالک چھُنہٕ سوایے دوہ تھان۔ اَکِہ حوالہٕ مطابق اوس یہ سومانندن ژالھٹہٕ نیٚچو۔ مگر ینہٕ پرتہٕ بھجنیا کارکایہ منز چھُ یہ وَنان زِ بہ چھُس اُدیاکر شُند نیٚچو۔ تحقیقاتہٕ تلہٕ چھُ تران فکرِ زِ یہ اوس اَکھ کاشُر یُس ہمن پیٚس 'کالی شری پُرس' نزدیک روزان اوس۔ اَتھ چھِہ وُنی کیٚنس 'کیلاش پور' وَنان۔

اُمِ سِندی مشہور تصنیف چھِہ یِم:

(۱) پرتہٕ بھجنیا کارکایہ چھےٚ پرتہٕ بھجنیا فلسفُک خاص کتاب (Text)

(۲) سِیدٕ دِرشٹی۔ اَمہِ فلسفکس مضمونس پیٹھ چھےٚ یِمہ ترٔیٚ لوکچہ کتابہ اہم ترین کتابہٕ ہنٛدی کناوچہ پیٹھ پاٹھو: اجڈ پرماترِ سِدی۔ دِرشٹی ایشور سِدی دِرشٹی تہٕ سمبندھ سِدی۔ یِمو علاوہ چھہ اُمِ پنٛنس گُرہ پنٛزِ سومانندہٕ سُند ورِتی ہیتھر ورتہٕ (Gloss) تہٕ بیٚیہ ینہٕ پرتہٕ بھجنیا کارکایہ ہیتھر ورِتی تہٕ لیچھہِ مِژ۔ مگر یِم دوشوے ورِتی چھےٚ نامکمل پھیٚپے مِژ۔ اُتپل دیو مو کتابو تلہٕ چھُ نشان زِ پرتہٕ بھجنیا فلسفکو ناہ اہم تہٕ کوتاہ تھوٚد چھُ۔ بیٚیہ کوتاہ عام انسانہٕ سِندہ خاطرٕ فایدمند چھُ۔

سومانندُن شِش آسنہٕ کِنہِ ہیکو اَسی یہ وَنِتھ زِ اُمِ سُنٛز ادبی سرگرمی ہُنٛد دور اوس نوٚیمہ صدی ہُنٛد انٛد تہٕ دٔیمہ صدی ہُنٛد گوڈ۔

۱ جِنشِیہ ایتنہٕ بید دھیٖر نظم اُدیاکر سونٛتا

۲ ایشور پرتہٕ بھجنیٖیم اُتپلینو پیادِتا

(پرتہٕ بھجنیا کارِکا)

وُنی کینٚس ییٚتھ پاٹھۍ بوزنہٕ یوان ۔ البتہٕ تٔرونٛبو خاندانکی کینٛہہ گرٕ چھ سوپور منز وُنی کینٛس نہٕ روزان ۔ باسان چھُ زِ ترونٛبوٗ ناو چھُ وتیرمبہ ناوُک بگڑ یومُت روٗپ ۔ امہ کنہ چھُ اَسہ باسان زِ وُنی کینٛک یہ تُرونٛبو خاندان کوتاہ خوش نصیب چھُ ۔ یِہنٛد مذہب وُنی کینٛس اسلام چھُ تہٕ یِہنٛد اکھ ترُون بزرگ چھُ کشیرِ ہنٛد اکھ بڈ پایک دانشمند تہٕ فلاسفر ادسُت سومانند چھُ پانہٕ وَنان زِ آگم شاسترکو کنوہ سید چھ پُشت در پُشت اَسہ متہٕ تہٕ تِمَن منز چھُس بہٕ آخری سید ۔ گوڈنیکو پنداہ سید اُسی کیلاش پروتس پیٹھ روزان ۔ گوڈنیکس سید سُنٛد ناو اوس دُروا سامُنی تہٕ اوس تریٚمبکا دِتیہٕ سُنٛد خاندانُک ییٚمہ سِنٛدِس ناوس پیٹھ سومانندٕ سُنٛد خاندا ناو 'تیرمبہ' اوس ۔ اَمی سُنٛد اکھ جداوس یِتھ آیہِم سید سنگماد تیہ کیلاش پروتہٕ پیٹھ کشیر روزنہٕ آمُت ۔ سومانند تہٕ گوٚو اَمی خاندانُک ۔ یتھ پاٹھۍ چھُ اَسہ سومانندٕ سٕنٛد کتابہٕ 'شِو دِرشٹی' منز امیُک تذکرٕ میلان ۔

## سومانندٕ نی تصنیف

اَمی چھےٚ 'شِو دِرشٹی' ناوٕچ کتاب لیچھمٕژ یُس فلسفس پیٹھ اکھ بڈ پایچ کتاب مانہٕ یوان چھےٚ ۔ ییٚمہ کتابہِ کنہ چھُ سُہ سیٹھاہ مشہوٗر ۔ اَمہ علاوٕ چھےٚ اَمی اَتھ پیٹھ پننہٕ وِرتہٕ (GLOSS) لیچھمٕژ ۔ بٔییہ چھےٚ تراتھ بھشکا وِرتہٕ لیچھمٕژ ۔ مگر یِمہ چھےٚ نہٕ گوڈٕ پیٹھ میلان ۔

## (۲) اُتپل دیو

اَسہ چھُ اَمی سٕنٛز زندگی مُتعلق سیٹھاہ کم پتاہ ۔ اَمی سٕنٛد ناکانک

آسنہٕ کینہ اُس تمہٕ سٕنز مشہوٗر ساٖرۍ پےٚ ہندٕستانس منٛز بچھلیمٕژ کٔشیر
ہنٛدۍ مشہوٗر راز للتادتیہ (725-761A.D) کوٚر یشوورماہس پیٹھ حملہٕ۔
اتھ گیٚت سٕہنٛدٕ عٔلمہ سیٚتۍ متاثر سپدِتھ کوٚر کینٛہہ کال گژھتھ للتادتین
نس کٔشیرِ ینہٕ خاطرٕ استدعا۔ آخر آوُس تٔمسٕنٛد وننہٕ موجوٗب یورتہٕ تمۍ سٕہنٛدٕ
بسنہٕ خاطرٕ دیُت رازن نیتا تشہٕ متولہ کس
منٛدرس اَنٛدۍ پٔکھ ژتس جاگیر۔ تتہٕ آیہٕ تٔمسٕنٛدٕ خاطرٕ اکھ شاہی منٛدر بناونہٕ۔
یہ منٛدر اُس للت پوٗرکس گامس منٛز (یتھ وُنی کینٛہہ لیتہٕ پوٗرونان چھِ)
ابھنوگُپت سٕنٛد بڑ بب اوس وراہ گُپت۔ اُمۍ سٕنٛد وقت چھُ دٔہِمہِ صدی
ہُنٛد گۄڈٕ کال مانٛنہٕ یوان۔ وراہ گُپت اوس عالم تہٕ شِو بھگت۔ اُمۍ سٕنٛد
نیچُو اوس نرسمہہ گُپت۔ نرسمہہ گپتنٕس دوٚیُم ناو اوس چُکھر لک تہٕ چکھلکُن
پۄتُر اوس ابھنوگُپت۔ سُہ تہٕ اوس درشن شاسترن زانن وول تہٕ
شِو سٕنٛد سیٹھاہ بکھت۔ ساریٕ شاسترن پیٹھ اوس تس سیٹھاہ کمال۔
ابھنوگپتنہٕ ماجہ اوس وِمل کلا ناو۔ تمۍ سٕنٛد سعی یاو اوس وُتہ تہٕ سوہ اُس
سیٹھاہ درمانما۔ اُمۍ سٕنٛدِ پرواریک ماحول اوس سازگار۔ اَوۍ کینہ آو ابھنوگُپت جان
پانٛچھ رچھنہٕ۔

## یوگنی بھوٗ

ابھنوگُپت اوس یوگنی بھوٗ۔

شیوٗ شاسترٕ موجوٗب چھُ 'یوگنی بھوٗ' تتھ درجک انسان مانٛنہٕ
یوان۔ 'یوگنی بھوٗ' سٕنٛد اولاد چھُ روٗحانی ہیتھ منٛز سیٹھاہ کمال حاصل
کران۔ یوگنی بھوٗ سٕنٛز عقل چھےٚ سیٹھاہ تیز آسان۔ تمۍ سٕنٛدٕ علمک

۵۰

# آچاریہ ابھنوگُپت

سنسکرت ادبس منز چھ اَیہ کینہہ بیٚتھۍ مُصنیف میلان یِمو پننہ
زندگی متعلق کہین تہِ چھُنہ لیوٗکھمُت تہٕ یِہُنٛد زیٚوِن مَرُن بیتر چھُ ویٚنہ
تہٕ اَنہٕ گٔٹِس منز۔ کالیداس۔ بھاس بیتر تخلیق کار چھ اَتھۍ وَرگس منز یِوان۔
مگر آچاریہ ابھنوگُپت چھُ اَتھ منز مُجھہ۔ اُمی چھُ پننہِ زِندگی حال پننین
دوٚن تخلیقن منز دِتمُت ــــــ تنترالوکس تہٕ پراترِشِکا وِورنس منز۔

زٕ ابھنوگُپت: اَکھ اوس آسامک روزن وول تہٕ بیٚیہ اوس
شاکت۔ اَوکنہ چھُ اُمی بادرایِن سُنٛدِس ویدانت سوٗترس پیٹھ شاکتہٕ
نظریہ مُطأبِق شاکتہ بھاشیہ لیوٗکھمُت۔ یہٕ اوس شنکر آچاریہ سُنٛدین
اُصولن برخلاف۔ دَپان اَکہ پھِرِ سُنٛد اُمِس آسامس منز شنکر آچاریَس
سیتۍ شاستر ارتھ (عٔلمی بحث) نتیجہ دراو یہِ زِ شنکر آچاریَس سپُز ہار تہٕ شہ
بنیو اُمی سُنٛد شِشہ تہٕ آسامس ابھنوگُپتس میوٗل آچاریہ پد۔ مگر کٔشیر
ہنٛدِس ابھنوگُپتس تہٕ اُمی سُنٛدِس زمانس منز چھُ لگ بگ دون ہَتھ
وٕرین ہُنٛد پھیٛر۔

## ابھنوگُپت سُنٛدۍ بُزُرگ

اتریگُپت اوس یِہُنٛد بُزُرگ تہٕ اوس مدھیہ بھارتس منز قنوج کِس
راز یشووَرما سُنٛدِس عہدَس کوٚمتس منز روزان۔ شیو شاسترس منز ماہر

اوتار تہ مانان۔ پرٲنِس وقتس منز ہرگاہ اَزِکہ پاٹھۍ اَتہ گٕتِکہ زریہ اَسۍ نہٕ اَکہ جایہ پیٹھہ بیٚیِس جایہ گژھن اوس سیٚٹھاہ گرٕ وٕٹھ۔ مگر یِمن حالتن منز تہ کوٚر ابھنوگپت پنٕنۍ دیش ترٲوِتھ نیٚبر۔ بیٚییہ تمہٕ بیٚنِس گیانس تہ عٔلمس گیٚنہ کٕنڈ تہ شاسترن ہُنٛد گیان بڑونُن اوس یہ تمہٕ سُنٛد نظریہ موجود ہرگاہ تمِس اَس درشن شاسترن (فلسفن) پیٹھہ سیٚٹھاہ مہارت یٔیِتہ سپدِتھ مگر اَمِس اوس نہٕ اَتھ پیٹھہ تسلی۔ یہ اوس پننہ زندگی منز داریس موضوعن پیٹھ سۅن مطالعہ کرُن یژھان۔ دراصل اوس اَمِس تحقیقُک رُجحان (Tendency) لہٰذا کہ جایہ پیٹھہ یا دسیدِلوٚ مُت بیٚییَن موضوعن پیٹھہ مہارت حاصل کرِتھ اوس یہ تخلیق بیکھن یژھان۔ اَمہ کِنہ پٔرہ اَمہ وارہ یِمن گورن نِش اَنِکھ شاستر تمہٕ کوٚر جالندرس منز یِوَن وٲلِس شری شمبھوناتھس نِشہ کول سمپرداے (Cult) گیان حاصل تہ تمہٕ سِنٛدہ اَتہ کٔرِتھ (عنایت) سِنٛدہ سِنٛد تمِس آتمہ گیان تہ حاصل۔ یِمن آچارین نِش تمہٕ مختلف مضمون پٔرِتھ تہٕنٛدہ ناو چھیِم:

(۱) نرسِمہہ گُپتس (مٲلِس) نِش۔ ویاکرن (Grammer)

(۲) وامناتھس نِش۔ [illegible] دویت تنتر

(۳) بھوتراج تنیس نِش۔ ادویت شیو درشن۔

(۴) بھوتراجس نِش۔ برہم ودیا

(۵) لکشمن گُپتس نِش۔ کرم تہ ترک درشن۔

(۶) اِندراجس نِش۔ دھونہ (Suggesting Poetry)

(۷) بھٹہ توتس نِش۔ ناٹیہ شاستر (Dramaturgy)

شہرٕ چھُ سیٹھاہ وۄسی آسان۔ اَمہِ خوٗس چھُہ شہرن کاٹہ بارٕ وِزٕ وِزٕ ہاوِتھ

لوٗکن متأثر کران۔

## ابھنوگُپتُن لوکہ چار

ابھنوگپت شہرَن دۄن تخلیقن منز چھُ اَسہِ تسُنٛد زاکال نَنان

(۱) بھیروِستوٗ تہٕ (۲) کرمس تو ترم۔ بھیروستوٗکس برٛ ژِہس شلوکس منز

چھُ اَسہِ تمہٕ سِنٛدِ وَفنِکُ پوٗرٕ پتاہ میلان بقلن :

" وسُرسہ پہ شے گزشنہ دشمبیام ابھنوگُپت ستوٗم اِدم اکروٗت "۔

اَمہِ شلوکہ مُطابق اوس یہ شہ سموت ۴۰۹۵ تہٕ عیسوی

سنہ ۱۰۱۴ ہَس منز یَہنٛز تخلیق لیکھنہٕ ۔ زامُت آسہ اَمہ برٛونٛہہ یانے

۹۵۰ یا ۹۶۰ ہَس عیسوی سنَس منز۔ دیہان چھُ لوکہ چارس ستۄ زِکُ شہ

اَرِس مقامی دِژیا منٛژ تہٕ اُمنی منز ہیوٗن پَتہٕ تو بہ۔ یتھٕ طالب علمن

ہُنٛد کھعہ تہٕ ہیو اُمو سیٹھاہ کمال تہٕ پننہٕ قابلیتھ گرٛزن ننہٕ۔ گوڑٕ اُسی

تمِس یزٕ تیچہ نظرٕ چھان۔ گژھ اُسی تمِس مَنز پینٛدٕ ی پاٹھی کھوژان۔

نرم اُسی تہٕ ابھنوگپت سِنٛدِس عِلمی قابلیتس برۄنٛہہ کنہِ تیتھٕ پاٹھی دَران

ییتھٕ پاٹھی سیریس برۄنٛہہ کنہ ژوبگ چھِنہ دِنہٕ ہیکان۔ اَمہ ژیتہ اَمِس

پننہ گوڑُدٕ۔ آچاریہ پَد (عالمانہٕ اعزاز) پہ اعزاز دِنہٕ پتہٕ لیوٗکھ ساری

مُصنفو اَمِس سُنٛد ناو ست سیتہ پہ آچاریہ پد۔ کاوِیہ پرکاشس

منز چھُ ممٹاچارین اَمِس ناوا ابھنوگُپت پادا چاریُن اشارہ کوٗرمُت۔ ساری

شاستِرن منز مہارت تھاوَن کِنہٕ چھُ اَمِس جو نوٗہی ہندوستانس منز قیشنہ ناگن

زِنٛدبانز اُمِس اوس بۆڈ کٕھ اراد۔ تٔمۍ ژٔرِ پٔتہٕ آو ابھنوگپتَس، تٔمِس
داراگ نیٚرِ شہ بنیوٚ تپسوی۔ یہ واقعہ سپُد تِمہ وِزِ ییٚلہ ابھنوگپت پران
اوس۔ اَمہ واقعہٕ یَک اَثر پیوٚ اَمِس شدید کیٚدارِس پیٚٹھ تہٕ اُمِس لٔج مَنٛز
گَراے تہٕ نیچھر نہ کُنہٕ ہُنز یانٛہ بٕرِیمہ جاٗرِ ہی روزنٕک کوٚرُن بٔڈ اراد۔ اَمہ
قسمچ واراگی زِندگی دِتِ اُمِس اَکھ نوٚو بل۔ آگم شاستٕرن ہُنٛد گیان حاصِل
کَرنہٕ خاطرٕ کوٚر شہ اَمہ کیٚن آچارین نِش۔ اُمہ شند تنترالوک چھ تماکار پاٹھو داوان
زِ۔ اُمِس کیوٚ تاہ اوس آگم شاستٕرن ہُنٛد سوٚن گیان۔

## تپسوی وقت

سازگار حالاتو بناو اَمِنز زِنٛدگی پچھ نہتہٕ۔ ییٚمہ کامہ خاطرٕ اُمہ دِس
ٹُلٛمٕنت اوس سَعہ کاٗم واتناوُن اَنٛد۔ مذہبی رِوایتن تہٕ یوگا بھیاسَن،
بٔہِمہ چِپین۔ حنبدن۔ ہِموٚ بناو اُمہ شِنز زِنٛدگی سیٚٹھاہ بلنٛد تہٕ اُمہ سٕنز
رۄحانی زِنٛدگی دِژ کھ توٚنہٕ ہنٛج۔ یِنہِنس دوٚرس شُروع اوس یہ تنتر شاسترک جٔلیا کِنک
دھونہٕ (suggested element) ہُنٛد تہٕ النکار شاسترٕ ک
بوٚڈ عالِم مانِتہٕ یوان۔ رۄحانیتس مَنز تہٕ کوٚر اُمہ سیٚٹھاہ کمال ییٚمو دِرشنس
مَنز مشہور نٔژِیٕن متن: کرٕتس۔ تِرکس تہٕ کولس پیٚٹھ چلوو اُمہ کٔش کَڈِتھ
قَلَم۔

لکشمن گُپتن چھ وَنہٕ پرٕتہٕ بَکیاہٕ ہُنٛد میوٚ بھٹ رٔس۔ اُمہ ہنٛچھنو دیہ
کَرم دِرشن تہٕ۔ اَمیٖچ ذکر چھے جیٚنھ رَحٕن تنترالوکس پیٚٹھ یینٕ ٹِیکایہ
مَنز کَرمیٚتھ۔ رۄحانی تجربن ہِنٛز ییٚسہٕ تمہٕ گوٚڈنیچ کتاب پِیٚرِتھ چھو ناو
کَرم مارگ۔ اَمہ پتہٕ پیوٚ اُمہ تِمہ دِرشن تہٕ کوٚرُن صحی پاٹھو اَتھیک مطالہ۔

اَمہِ علاوٕ ییمَن آچارین نِش اُمہِ گٔیہ نش مُتعلق تبادلہٕ خیال کورٕ۔ تِم چھِ

پٲٹھ : (۱) شری چندر (۲) یوگانند (۳) چندر ورد (۴) اپھنند (۵) شوبھکنہٕ

(۳) وِچترا ناتھ (۴) پشو (۵) وامن (۶) اُدبھٹ (۷) بھوٗتیش (۸) بھاسکر

(۹) دھرم ۔ (۱۰) بھکتہٕ وِلاس ۔

## خاندانُک ماحول

اُمِہ سُندِس پرِوارس منٛز اوس مٲلِس ماجہِ علاوٕ اُمِس اَکھ پِتٲمہ

ییٚمِس وامن گُپت ناو اوس تہٕ آکھ لوٚکُٹ بوے منورتھ تہٕ پانٛژھ پتُر

بٲے ۔ کِشیم ۔ اُتپل ۔ اَبھنو ۔ چکرک تہٕ پدم گُپت ۔ اَبھنو بھارتی منٛز

چھُ اُمہِ سُندِس پِتٲمہ سُند ناو گورن ہنٛدِس فہرستس منٛز میلان ۔ اَبھنو

گُپتن چھُ پنٕنِس پِتٲمہ سُند تذکرٕ کوٚرمُت ۔ ییٚمہِ سِتہِ اَسہِ یہِ پتاہ چھُ

لگان زِ تِمو آسہِ ہے کاوِیہ شاسترٕ لیوٗکھمُت ۔ تِکیازِ اُمہ سُند بوے اوس

واریاہن شاسترن ہُند زانَن وول ۔ اُمہِ سُندِ پِترِو بابِ منٛز کِشیم

راجن لیچھوٗ سُند نرسنے تہٕ بٔبِہ کیٚنہہ تخلیقہٕ ۔ اُمہِ سُندی پِترِ بٲے اُمہِ

سیٚٹھاہ پٔرِ ہیتھ لیکھی منٛز ۔ اگہ اُمہِ زاوِ جاپہِ سان وُچھیو تہٕ اَسہِ چھُ

یہِ نِشان زِ اُمہِ سُند پرِوار اوس سیٚٹھاہ پوٚرمُت لیوٗکھمُت تہٕ شیوٗ

اَبِھجھتو تہٕ ۔

خاندانکہ سازگار ماحولُک اثر پیو اَبھنو گُپتنِس دِماغس پیٹھ۔

ماجہِ منٛدی ژھینَن بناو اَیٚژنس زِندگی پیٹھ تہٕ اُمہِ سِندین سمسکارن پیٹھ (im

pressions, دِتنٕ پوٗچھکر ۔ اگر اُمِس لوٚکچارے مٲج سوٗرگہ واس

پیٚیہِ مگر تو تہٕ آیہِ اُمہِ سِندِس شاسترٕ گیان حاصِل کرنس منٛز کانٛہہ تہٕ تبدیلی

## اَمو سُند مرن

وَنِنہٕ چھُ یِوان زِ مٲکامہٕ پیٹھہٕ پانژدہ میل دوٗر بُھیرو گوپس منز چھُ اَبھنوگُپت باہ شَتھ ژاٹھہٕ ہیتھ ـــ شِوستُتس منز تران تہٕ یَران ژامٕت تہٕ تَتہٕ چُھنہٕ واپس درامت۔ یہِ کتھہٕ پٲٹھی چھےٚ یہِ کشیرِ منز شُرہ کھ (افواہ) ژھہٕ پٲٹھی۔ دیان امہٕ کُہ پھ ہُند گول اوس یتھہٕ کالہٕ سیٹھاہ کھوٗل تہٕ پتہٕ گو امیک گول پانے بنِد۔ یہِ کتھہٕ چھےٚ کانٛتہٕ چیٖنٛدر پانڈے ین اکس بزرگ مسلمانس نِش مٲکامہٕ بوزمژ تہٕ یہِ چھُن ابھنوگُپت، ناوچہٕ کتابہٕ منز لیچھمژ مگر یہِ دلیل چھُنہٕ شیقہٕ۔ امہٕ کتھہِ ہُند تواریخی ثبوت چُھنہٕ اَسہِ میلان۔ تٲرٲنی منز کتھہٕ چھےٚ یہِ زِ کلہن نہٕ چُھنہٕ راج ترنگنی منز اَمِس ابھنو گُپتنس متعلق کینٛہہ تہِ لیکھمت۔

## ابھنوگُپتنی تصنیف

(۱) بودھہ پنچاشکا

(۲) مالینی وِجے وارتِک

(۳) پرانتر شِکا دِورتی

(۴) تنتر آلوک

(۵) تنتر سار

(۶) تنتر وٹہ دھانِکا

(۷) دھونیا لوک لوچن

(۸) ابھنو بھارتی

---

۱۔ اَتھ چھ آزکل دبیروٗ، وَنان۔

أخرس بیچھ کوٚر اُمی کول سمپدایہ یُس گوٚو زِس شمبھوناتھس خراج عقیدت پیش یُتھ زِ اُمی سمپدایِن (cult) دِتہ اُمِس پوٚرشانتی تہٕ تسلی۔ وَنان چھِ تنترالوک لیکھنہٕ برونٹھ اوس اُمی شری شمبھوناتھنہٕ ووٚہ پدیشہٕ سینتھ پرم رِشو شُند دَرشن کوٚرمُت۔ شہ چھُ اَمہ کتھہِ ہُند بانے نیپر کرانِ تہٕ تنترا لوکہٕ چہ گوڈٕ کتھہِ منز وَنان یہ

"پرمارتھ سارُ" کہ آخری شلوکہٕ سیتھ چھُ یہ فکرِ نَران زِ ابھنو گُپتن اوس رُوحانی ییناکُ عُقود کیاہ حاصل کوٚرمُت۔ کینہہ عالم چھِ اُمِس "بھیرو" سُند اوتار مانان۔

جیبہٕ نخلن شری پوٚروشاسترس منز یم پانژہ آشنا روٗزی متہٕ چھِ تِم چھِ صرف ابھنوگُپتس منز میلان۔ تِتھی سینہ وقتہٕ کین ہم عصر فلسفہ دانن تہٕ النکار شاستر کین ماہرن منز چھِنہٕ تِم نظرِ یوان۔

اُمی شنز روزن جایہ مُتلق چھےٚ بیوٚن بیوٚن رایہ۔ ابھنو گُپتنی روزن جاے چھےٚ گنتر گونڈ یا گنگل گونڈ ماننہٕ یوان۔ گونڈک ایچھر مُش چھُ گُپت۔ مگر اکھ رایہ سیتھ چھِنہٕ کینہہ مُتفق۔ آخرس منز چھےٚ پوٚرپرچ ذِکر میلان۔ "دُنستا رودھ بیہ" یانے وٚیتھ بٹھس پیٹھ باچھ صحی باسان۔ اَدٕ کینہو چھےٚ شُپستانشہ مولہٕ' یُس مندرس نِش اُمی شنز روزن جاے مانہٕ یوان۔ مالنی وِجے تنترس منز چھُ لیکھتھ زِ اُمی شنز زاجاے اُمس پوٚرہٕ ریٚہ'۔ اُمی اوس پنٕنس شُشتیمنی گرس منز بے بَن مولُل لوکھ یار گُزروومُت۔

---

(٣٠) بھیدواد وِدارن

(٣١) دیوی ستوتر وِورن

(٣٢) تتوادھو پرکاشِکا

(٣٣) شِوشکتیہ وِنابھاو ستوتر

(٣٤) بِمب پرتِبِمب واد

(٣٥) پرمارتھ سنگرہ

(٣٦) اَنُتر شٹکہ

(٣٧) پرکرن ستوتر

(٣٨) ناٹیالوچنہ

(٣٩) اَنُتر تتو وِمرشِنی ورِتیہ

## ابھنوشندٕ کہ درشن ستوتر

(١) انُتراشٹِکا

(٢) پرمارتھ دوادشِکا

(٣) مہوپدیش وِمشتِکم

(٤) پرمارتھ چرچا

(٥) کرم ستوترم

(٦) بھیرو ستوَ

(٧) دیہستھ دیوتا چکرٕ ستوترم

(٨) انُبھو نِویدنم

اَمہ علاوٕ چھےٚ ابھنوگُپتن واریاہ کِتابہٕ لیچھمٕژ یِہنٛد حوالہ اَمی

(۹) بھگوت گیتا نارتھ سمگرہیہ

(۱۰) پرمارتھ سار

(۱۱) ایشور پرتیبھ بجیہ وِمرشنی

(۱۲) ایشور پرتیبھ بجیہ وِوِرتی وِمرشنی

(۱۳) کرمستُتر

(۱۴) پرمارتھ دوادشکا

(۱۵) پرمارتھ چرچا

(۱۶) مہوپدیش وِمشتیکا

(۱۷) انُتراشٹیکا

(۱۸) انُبھو نویدنا

(۱۹) تنتر وٹدھانیکا

(۲۰) گھٹ کرپر کلک ووِرتی

(۲۱) کرم کیلیہ

(۲۲) شیو درشٹیہ - آلوچن

(۲۳) پرینت پنچاشکا

(۲۴) پرارتھ پرویش نرنے ٹیکا

(۲۵) پرکیرنک وِورَن

(۲۶) پرکرن وِورَن

(۲۷) کاویہ کوتک وِورَن

(۲۸) کتھا مکھ تلک

(۲۹) لگھوی پرکریا

گوڈنیک حصہ چھُ پوٗر تنترالوکُک ژھوٚٹ موٚٹ مواد پیش کران۔ تۄ یمس
حصس منز چھےٚ اَتھ پاٹھس متعلق وَکھنے کرنہٕ آمژ۔ اَتھ پاٹھُک لفظی مانے چھُ
پاٹھہ روٗس یانے Processless means۔ امیُک ترتیبہٕ ژوٗرِم
نہٕ پیٹھٕ شیُم چیپٹر چھُ شامبھوٗ اُپایہٕ، شاکتہٕ اُپایہٕ۔ آنو اُپایہٕ۔ یمن
ترین وہہ پاٹھن متعلق زان کرناوان۔ تِہٕ کِہ منتِہٕ مُطابق چھِہ یِم اَخری مولکھتی
(Emancipation) حاصل کرنہٕ خاطرٕ الگ الگ ترٕشہٕ وۆتے
یا طریقہٕ۔ اَخری حصس منز چھُ اَبھنو گپتن زا حال تہٕ لیکھتہٕ۔ امہ علاوٕ
تنترالوکس منز یمن نو کتھن پیٹھ بحث کرنہٕ آمُت چھُ تِم چھِہ یِم:

1. The cause of bondage.
2. The way to freedom.
3. What is knowledge as distinct from ignorance.
4. What is Mokṣa according to the Trika.
5. Conception of Mokṣa of other Schools.
6. What is the ultimate reality of the objective world.
7. The process of manifestation of the Universe.
8. The ways to realisation of

پننین تخلیقن منز ڈیٹ مُت چھُ۔

ڈاکٹر کے۔ سی۔ پانڈے ہُن چھے اَبھنو گپتنہٕ اکتاجی کتابہ مانہ منز
بہتھر ذکر ہیٚر کینہ کرنہٕ آمہ۔ پرتیہ بھجنیا فلاسفی پیٹھ مشتمل اَمہ پیٹھ ین
تخلیقن منز چھے زٕ مشہور ٹیکا یہ اَسہ ایشور پرتیہ بھجنیا کارکا یہ پیٹھ
میلان۔ اَکس چھُ ایشور پرتیہ بھجنیا وِورتیہ وِمرشنی ناو تہٕ بیٚیس چھُ ایشور
پرتیہ بھجنیا وِمرشنی۔ تنتراوک، تنتر سار، پرمارتھ سار۔ مالنی وجے
وارتک۔ پراتر ہشکا وِورتیہ تہٕ بھگوت گیتا۔ رتھ سمگرہہ چھے اَمی شیٚنز
ٹھیکنہٕ لایق کامہ۔ فلاسفی منز یمہ اَمی سُنز مشہوری ڈُنی یمن منز چھے
سمہ چھے زیادٕ ترٕ ایشور پرتیہ بھجنیا کارکا یہ ہیٚنزن دۄ یوٚ ٹیکا یوٚ کٹی۔ لوٚتہ
تشریح چھے لگھو وِمرشنی تہٕ زٕ پیٹھ تشریح چھے برہستی وِمرشنی۔ اَتھ
دیوٚن سیّا پرتیہ بھجنیا سوٗترن پیٹھ ودورتیہ (Gloss) اَچھو تمہ پیٹھ
کرٕ اَبھنو گپتن۔ ایشور پرتیہ بھجنیا وِورتیہ وِمرشنی یانے اَتھ کرٕن پننہ
انداز تشریح۔ اَمو شیٚنز یہ برہستی وِمرشنی چھے دار یاہن نوکتن وِترھناوان
تہٕ اَمتیک مانے ٹھیکہ پاٹھو فِکرٕ تاران۔ لوکٹ وِمرشنی چھینہٕ تیٚژ مشہور
تنتر الوک گُر لفظی مانے چھُ۔ تنترن ہُند پرکاش۔ یہ چھے اَبھنو گپتنی
اَکھ بڈٕ بارٕ تہٕ اہم تخلیق۔ یہ چھے دار یاہن جلدن منز لیکھنہ آمٕژ۔ اَتھ
منز چھُ سارنے ادویت آگمن ہندین پہلوٕہن پیٹھ وِستارٕسان لیکھنہ
آمُت۔ اَتھ منز چھُ فلسفی یانہ مُوادس تہٕ کرمہ کانڈس (Ritual)
پیٹھ تہٕ دَل دِنہٕ آمُت۔ اَتھ منز چھہ ستہ تریہ (٣٧) سیٹھا بڈ چیپٹر تہٕ کُل
یم نفر یمن ساری جلدہ چھہ کشیر شیو ازم ٹیکسٹ سیریز س منز (KSTS) چھپیمتو۔
پرتیہ بھجنیا شاسترکی فلسفی یانہٕ موضوعہن پیٹھ چھہ یِم بِدیہ ضنوٗدوری؟۔

* تنتراوکس ۱۹۰۵ ...

(١٠) بمب پۆتہٕ بمب واد

(١١) سانکھیہٕ تتوٕ تن (عنصرن) سیٖتھ پورشہ تتوٕ تہٕ پیٹھ شیٚہ تتوٕ تن مُقابلہ۔

(١٢) شیٖوَن ہِنٛد مُطابِق کاٗیناتس منٛز عالم

(١٣) شیٖو کرمہٕ کانٛڈ

(١٤) ذاتہٕ حالُک تذکیرہ

یہ کتاب چھےٚ منٛدرِ شِنٛدِ گرِ لیکھِنہٕ آمٕژ۔ یہ کتاب لیچھ اَمہٕ منورتھ (یہٕ اوس اَمِس کوٗ نٛژھ بوے) منٛدرِ نہٕ رام گیٚنٛت پینٛدِس وَنِنس پیٹھ۔

تنتر سار چھےٚ اَکھ لوکٕٹ کتاب یوسہٕ نَثرِس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یہ چھےٚ تنترالوکٕچ لوکٕٹ سمری (Summary) ابھنوگُپتن یہٕ تنترالوکس منٛز یمہٕ زیٖٹھین بحثن منٛز مطلب وُن۔ تنتر سارس منٛز وُن نی اَمہٕ ژھوٚٹی پاٹھۍ تہٕ سہل زبانِ منٛز۔ تنتر وٹہٕ دھانِکا۔ یہ چھےٚ سیٹھا لوکٕٹ تنترالوکٕچ سمری (Summary)۔

پرمارتھ سار۔ یہ کتاب چھےٚ تِرِکہٕ فلسفکین اہم اُصولن پیٹھ مُشتمل۔ یہ چھےٚ اَمیُک ذاتی حال تہٕ ہاوان۔ اَتھ منٛز چھہٕ تِرِکہٕ گرمس متعلق اَکھ ہتھ شلوک یِم آریا چھنٛدس منٛز لیکھنہٕ آمٕتۍ چھہٕ۔

"آریا شتین تدِ ادم سنکلیتم شاستر سارم

اتہٕ گوڈھم"

یہ چھےٚ گوڈنیُتھ ایل، ڈی، برنیٹن اَکِس رسالس منٛز چھپاوِمٕژ۔ اَمہٕ رسالُک ناو چھُہ یہ:

the ultimate reality.

9. The points of difference between one way and another.
10. Bimba pratibimba vada.
11. Comparison of the Tattvas from puruṣa to pṛthvi with those of the sankhya.
12. The worlds in universe as conceived by the Śaivas.
13. Śaiva rituals.
14. Autobiographical touches.

(۱) بشدبک وجہ

(۲) معہ کلن پاے

(۳) اکیا پہ نیش بنیوٗن گیان کیا گو

(۴) تیمہ کہ مطابق معہ کھتی کیا گیہ

(۵) بیٚیو سوٚکو لو مطابق معہ کھتی ہند تصوٗر

(۶) یمہ دۆن منز آخری حقیقتہ کیا چھے

(۷) آئینا تکہ ظہوٗرک سلسلہ

(۸) آخری حقیقتہ زا ننچ وتھ

(۹) یمن دوٚن منز تم فرق یمن پہ ہشر چھ۔

---

Abhinavagupta by K. C. Pandey.
P. NO: 53

لایق کٔم۔ بھرت سندِس ناٹیہ شاسترس، پیٹھ چھےٚ اَمہِ ابھنو بھارتی،
ناوِ پٮ۪ٹھ تہٕ ٹیکا لیچھمٕژ۔ اَمہِ سٕنٛد مُداہ وِمرشنی لیکھنُک اوس یہِ ہے کہِ پرتِہ
بھگنیا سوتٔرن، ہٕنٛد مانے گوٚژھ آم لوٗکن فکرِ ترٛٛن۔ بلکہِ ووٚزتہٕ وِمرشنی
(یمہِ ہٕنٛد تشرٟح چھےٚ) لیکھنُک مقصد اوس اُتپل دیو سٕنٛد خیال ضمنی
اَنٛدازس منٛز وِسترٕ ناوُن۔ دراصل پزتہٕ بھگنیا شاستر کوٚڈ ابھنو گُپتن نوٚن۔
اَمہِ سٕنٛد تشرٟح روٗس ہیکہِ ہینہٕ کانہہ تہٕ اَمیُک اصلی مول
ڈیٛچھ پٲٹھو زانٕنہٕ۔ یِژ پٲٹھو آچاریہ ابھنو گُپتن دیُت
پیچھ اُتھ نادانس منٛز تحقیقُن لایق۔

## سوٗمانٛدُن اختلاف تمہِ وقتہٕ کین فلسفیانہٕ نظرین سٟتۍ تہٕ نوِ فلسفچ بُنیاد

سومانٛد سٕنٛد کِتابہِ شِو درشٹی منٛز چھُ نَنان زِ اَمہِ چھہ تمہِ وقتکین
تقرٟبن سارنے مختلف فلسفن سٟتۍ ۔۔۔ ٹکرٕ (Opposition)
کوٚرمُت۔ اَمہِ چھُ مختصر پٲٹھی بودن۔ جینیَن۔ سانکھین۔ نیایکن۔ وَیشےشکن۔ وِیاکرن تہٕ ادویت ویدانتہ ین ہٕنٛدین سوٗکولن کھنٛڈن (Refute)
کوٚرمُت یَیمہِ سوٗکول چھِنہ رَد کرٕنہٕ ہیتو۔

مُطالہِ کرنہٕ سٟتۍ چھُ یہِ نَنان زِ سومانٛد اوسہٕ پرمپرایہٕ منٛز آمتین
دقیانوسی فلسفو یانہٕ خیالن مانان۔ اَمہِ سٕنٛد نظریہٕ کینژ عظیم ہستی ہٕنٛد
تصوٗر، انسان سٕنٛز زندگی ہٕنٛد مقصد، انسانن ہٕنٛد بیتہ دُنیہس منٛز پانہٕ
وأنی اکھ اکِس سٟتۍ سوٗلوک تہٕ ورتاو، خُداے سٕنٛد مُداہ تہٕ بییَن بییَن زٕچن
کتھن ہٕنٛد تصوٗر بدلیو۔ پرانہٕ وقتہٕ پیٹھہٕ مروجہ بیوٚن بیوٚن فلسفیانہٕ خیال

Journal of the Royal Asiatic
of Great Britain & Ireland
(1910- PP 707-747)

بگوت گیتا رُکھ. سمگرٛہہ۔ یہ چھےٚ پرٛتہٕ جِجنیا نظریہ مُطابق
گیتایہ پیپھ ٹیکا. یہ چھےٚ پیشبرکہٕ راجانک شری لکھمن جین چھپاونہٕ
تہٕ ایڈِٹ کرنہٕ.

ابھنوگپت سُند مالِنی وِجے وارتِک چھُ مالِنی وِجے تنترکیس
مُشکل نظمن ہُند اکھ خُلاصہ.

پراترٛیشکا وِورن چھےٚ پراترٛیشکایہ پیپھ اکھ تشریح تہٕ چھےٚ رُدر
یامل تنترکیس آخری حصس پیٹھ واتھ لگوان. پراترٛیشکایہ منز چھُ ویاکرن
(Grammarians) ہُند پرابھشینی۔ مدھیما تہٕ ویکھری یمن
مُتعلق شیو نظریہ وَننہٕ آمُت.

ابھنوگپت اوس اکھ لگوٚ دعالم تہٕ شیو فلسفہ دان. اُمس اوس
سارنی شاسترن ہُند گیان. اُمو لیوٚکھ پرٛتہٕ جِجنیا فلسفس علاوہ بییَن بییَن
موضوعن پیپھ تہٕ مثلن: ڈرامس۔ النکار شاسترس۔ جمالیاتس۔ کاویہ شاسترس
پیپھ. اَمہ علاوہ لیوٚکھ اُمو کرمس، تہٕ کولس پیپھ سیٹھاہ کیٚنہہ ابھنو
گپت چھُ دونٕ مضمونن پیپھ سیٹھا ماہر تہٕ چھُ یمن پیپھ اکھ اتھارٹی
(Authority) مانہٕ یوان. یم زٕ مضمون چھِ۔ کاویہ شاستر (Poe
tics) تہٕ پرٛتہٕ جِجنیا فلسفہ۔ ایشور پرٛتہٕ جِجنیا کارکایہ پیپھ اُمی شیٚنہٕ ٹیکاہ
تہٕ تنترالوکس پیپھ اُمی شیٚنہٕ کام چھےٚ سیٹھاہ معرکہٕ. آنند وردھن سٕندِس
دھونیالوکس پیپھ لیچھ اُمی لوچن ناو ٹیکا لیچھ سہ چھےٚ اکھ ٹھیکس

(زانڈیل) سیکھم تہٕ اہم سبھاہ چھُ (Doctrine of Tatvas)
اَمہٕ خیالہٕ مۆجوٗب چھےٚ مہیشورس منٛز کُریا شکھتی (Universal-
Energy) یوسہٕ عالمہٕ کِس حقیقت کِس روٗپس منٛز بدلان چھےٚ۔ یہ چھےٚ
گوڈٕ شیٹھ تہٕ ہین قونٛن (حقیقتن) ہنٛدِس روٗپس منٛز یوان۔ یِمہٕ ہنٛد یانے
نونٛن ہٕنٛدٕ میلنہٕ کِنہِ چھہٕ ساری پدارتھ (موروٗضن (objects) وجوٗدس
منٛز یوان۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ یِتھہٕ سوٚ کوٚنہ تصوٗر زٕ ییٚنہٕ یٲٹھ ایشور پننیو
پۆرن (لاموٗحدوٗد) شکھتی یو سیتہٕ برپوٗر اۆسِتھ چھُ سمرتھ یا قٲبل (Cap-
able) بنان تہٕ یِمہٕ طاقتہٕ کِنوسہٕ زکنکو مختلف پدارتھ (موروٗضن) وجوٗدس
منٛز انان چھُ۔ تِتھےٚ یٲٹھ چھُ یہ زیو آتما (Individual soul)
تہٕ اپچھا۔ گیان تہٕ کریا یہ ہمو ترےٚ ایشورے شکھتی یو سیتہٕ برپوٗر ، یِمہٕ موٗحدوٗد
چھےٚ۔ یمو کِنہِ چھُ یہ پننہٕ موٗحدوٗد زندگی منٛز تہٕ پننین تخلیقی کامین منٛز قٲبل
بنان۔ پرٕتہٕ بھِجنیا لفظک مانے چھُ زانُن۔ اَمہٕ فلسفہٕ موٗجوٗب چھُ اَکس
اِنسانہٕ سُنٛد فرض یہ زانُن زٕ بہٕ چھُس بجہ ہستی (Meheshwar)
یانے مہیشور سُنٛز اکھ زٕژ (Spark) تہٕ ہم تمس منٛز شکھتی چھےٚ، یِمےٚ
شکھتی چھےٚ مےٚ زمن منٛز تہٕ موٗجوٗد۔ یِہِنٛ زانہٕ سیتہٕ ہیکہٕ بہٕ تِہنٛد
پننہٕ زندگی منٛز صحی استعمال کرِتھ تہٕ پننہٕ زندگی منٛز ہیکہٕ بہٕ پننہِ کامیٲبی
(سِدی) حاصِل کرِتھ۔ یہ پننیٚ تہٕ پننین شکھتی ین ہنٛز زان کرِتھ کرِتہٕ بہٕ
کُنہٕ وجہہٕ کِنہِ غلطی۔ یوٗن کُن کرو اسی موختصر یٲٹھی تمن فلسفن ہنٛد
تذکرٕ ہم پرٕتہٕ بھِجنیا فلسفس منٛز ییٚنہِ اہم مُقام تھوان چھُ۔

اَمہِ تِمَن منز کوتاہ چِھ وادان اَمہ کِنۍ سٲری خیال نٔو نتہٕ بیٚیہِ اَمہٕ وقتٕک مذہبی تہٕ فلسفیانہ
خیالہٕ کرِن درست کرِتھ (Re-interpret) پیش تہٕ فلسفکِس اندس
منز اوٚسُن اکھ نٔو انقلاب۔ اَمِیُک نتیجہ سپُد یہِ زِ اَمہ پتہٕ آیہ نٔو سوٗرکو پیٚچ
بُنیادِ یُس مستقبلس منز پرٛتہٕ بِجنیا ناوِ کِنۍ مشہور تہٕ مقبول گو۔ اَتھ سوٗرکس
منز اٲسۍ اَمہ ترٛاوِن سوٗرکالن ہِنٛدۍ اہم نوکتہٕ تہٕ قدرہٕ۔ خاص کر اُپنشدو منز
حالانکہ شیو مت وأدی چھِنہٕ ویدِک فلسفکِس تہٕ اُپنشدن ہِنٛدِ فلسفکۍ دۍ بیت
تسلیم کران۔

## پرتہٕ بِجنیا فلسفکۍ بُنیادی اصوٗل (Meta-Physical)

یِمہ فلسفہٕ موجب چھُ آتمن (Self) ہیشور (Suprema
(Supreme- Reality) یہِ چھُ اکھ ذاتی چیز ہستی یانہ حقیقت آگہی وول
(Perceiver)۔ اکھ ابدی حقیقت۔ اَتھ منز چھُ اِچھا (Will
گیان (Knowledge) بیٚیہ کِریا (Action) شکتی (Power
ہُنٛد سوٗاتنتر (Self dependence) عظیم ذاتی وول آسنہٕ
سوٗکھ چھُ یہِ پٔز ہِنٛد آگر (Intelligent Agency) یہِ
اجنسی چھےٚ دوٚن روٗپن منز (۱) اکھ گو زیوِ یس محدوٗد سوچن وول چھُ
(۲) بیاکھ گو ایشور یس لا محدود ذاتی وول چھُ۔ یہِ عظیم ہستی ہیشور
چھُ وشوتیرن (Transcendental) یانے عالمکہ دایرہٕ نیبر بیٚیلہ یہِ
ہستی یِمہ عالمُک روٗپ داران (اختیار کران) چھےٚ، یہِ چھےٚ بنان وشومے
(Immanent) اَتھ تبدیلی (state) منز یِنہٕ خاطرٕ چھُ گوڈنیتھ
شیٚیہِ ترٛہِن تون (عنصرن) ہُنٛد ارتقا سپدان۔ تو کتھ گٔیہ بُنیادی حقیقژ
(Primary Realities) یِلان فلسفیانہ تو ترٛن ہُنٛد اصوٗل

اَکھ زِ پوٚیُس نہ مِیُہ ہستی ہُنُد اَکھ زِ پہ دانِنہ پِوان چھُ۔ سُہ تہٕ چھُ پرٛکاش تہٕ وِمرٛش
ہِنٛدِ یانے یِہم دٕنٕو شوٚمرے وٕبھٛنٛتہٕ چھِہ تِمِس منٛز مُوجُود۔

## پرٛکاش تہٕ وِمرٛش سائنٛسی نظریہ کِنہٕ

شیو فلسفہ کِہ نظریہ کِنہٕ چھُ پرٛماتا (انسان) مہیشور (اعلاہستی)
تہٕ تہِنٛدِ پوٚتہٕ تِکیا زِ مہیشور آسنہٕ کِنہٕ چھُ یہ پننہٕ مرضی کِنہٕ پہ دُنیا یاوِی کارٕ بار
اَنٛزرادان۔ یہ سورُے کارٕ بار چھُ سُہ کَران پننہٕ سوا تنٛتر شکھتی کِرکِن بسہٕ
سوا تنٛتر شکھتی گئیہ اِچھا شکھتی (قوّتِ ارادہ) گیان شکھتی (قوّتِ ثقافت)
تہٕ کرٛیا شکھتی (قوّتِ عمل)۔ اَمِس پرٛماتاہَس چھِہ دِیُتمہ کِنہٕ وَنان زِیہ چھُ
کرٛیڈا شیل چھُ یانے یِہمہ زِ کتِکِس (WORLD) سٹیجس پیٹھ چھُ یہ پننٛز
کھیل ہاوان یِتھٕ پاٹھٕ اَکھ ایکٹر (ACTOR) سٹیجس پیٹھ کھیلتھ
چھُ پننٕ پاٹھٕ ہاوان۔ خاطرٕ پننہٕ کِنہٕ سیٹھاہ کوشش کَران تہٕ خیال چھُس
آسان زِ سیانٛن کامہٕ وُچھتھ گژھن لُکھ خوش گژھتھ تہٕ مےٚ تاریف
کَرن۔ یوٚہے خیال زِ تھٕتھ چھِہ شیو فلسفہ کِنہٕ آچار یو اَمِس بنیٚ آدمہ
پنٕنٛز محسلٕ (سدو ہجاو) ہُنٛز وضاحت کٔرمٕژ۔ یوٚتانی اَمِس ایکٹرٕ سٕندِس
مَنَس صرف پننہٕ پانٕکِ خیال گس تولُک چھُ توٚتانی چھےٚ اَمہ سٕنٛز یہ کھیل

## (۱) اَدوَیت واد یا توحید (MONISM)

توحیدُک تصوُر چھُ ہِندُستانس مَنز اُپنِشدو بیچھِ اُمت۔ یِمن کأیناتس مَنز چھِ قدرتی زُ یِ نأنتر تہٕ پدارتھ (Objects) مُختلِف آمہٕ کِنۍ چھِیہٕ توحیدُک اصوٗل موجوٗداس کرُن سٔپُد انسانہٕ سِنٛدِ خأطرٕ سیٹھا مُشکِل۔ اُپنِشدو پتہٕ فلسفہٕ یِنٛدی ییم سوٗکوٗل ہِندُستانس مَنز وجوٗدس مَنز آیہٕ۔ تِمو دِژ توحیدُک یہِ مسلہٕ اَنز راونہٕ خأطرٕ بیوٚن بیوٚن دلیل۔ کینٛژن مَتن (نیایہٕ وَیشیشِک) بیترِ ہِنٛدِ نظریہٕ کِنۍ آو یہِ مانیہٕ زِ یہِ کأیناتھ چھُ نو تو (Elements) یا ذرو سیتۍ بنیومُت۔ بیٚیو (سانکھیہ یوٗگ بیترِ) سوٗکوٗلو مون زِ کأیناتھ چھُ زٕ ژٕتَن تہٕ شکتی ہِنٛدِ میلُک [ پُرُش (Spi- rit) تہٕ پرکرتی (Matter) ہِنٛد ] روٗپ۔ تِژ بیمہٕ ورگہٕ کیو فلسفہٕ دانو (شنکر ویدانت بیترِ یو) مون زِ یہِ کأیناتھ چھُ صرف نامہٕ روٗپ یا مایہِ ہِنٛد روٗپ یتھ نہٕ پزر چھُ۔ پتہٕ تِژ جِٔنیا فلسفہٕ دانو کوٚر ییمن ترین سوٗکوٗلن ہِنٛد نظریہٕ رَد (Refute)۔ تِمو ہیو وٹاکار پأٹھۍ زِ عظیم ہستی (Ultimate Being) چھےٚ اکھ سُ شکتی (Energy or Power) یتھ مَنز پرکاش تہٕ ومرش یِم زٕ گُن (حقیقتہٕ) موجوٗد چھِ، یِم اکھ اَکِس سیتۍ تیتھ پأٹھۍ وابستہٕ چھِ زِ بیوٚن بیوٚن ہیکن نہٕ روٗزتھ۔ آمہٕ عظیم ہستی ہِنٛدِس سمندرس مَنز چھےٚ ییمہٕ دوشہٕ قسمٕچہ لہر (ژٕتَن تہٕ شکتی ہِنزِ) ییمہٕ مَنز ییمہٕ کأیناتکۍ مُختلِف پدارتھ چھِ وجوٗدس مَنز یوان یا بنان۔ مگر تِمہٕ کِنۍ چھےٚ اَتھ تہٕ یاد تھاوٕنۍ زِ اکھ ہستی یِتھٕنیک ناواتھ فلسفس مَنز چھُ۔ سیشوٗ تیکھ پرکاش تہٕ ومرش مےٚ دِنان چھِ۔ آمہٕ تصوُرٕ موجوٗب چھُ

چھُ کٲشُر ہِندِ یوٚ شیوٕ فلسفہٕ دانوٚ خیال کوٚرمُت زِ یُس اعلیٰ ہستی بھگوان چھُ
تٔمِس نادہیشور رٕچھکھ وٚنمٕت شہ تہٕ چھُ یمَن دوٚن طاقتَن ہُنٛد (پرکاش
تہٕ وِمرشک) مُرکب۔ یِم زٕ طاقت ہیوٚن ہیوٚن روزِن وٲلۍ چھِنہٕ۔ یوٚہے مہیشور چھُ
وِشو وتیرن (عالمینیر[1]) تہٕ پوٚت۔ یَیلہِ یہ سورُے کاینات صرف پرکاش کِس آکٔرِس
منٛز کھٔٹِتھ چھُ بانٛنے دُنہٕ چھُنہٕ یہ زٔکِھتہٕ ظہوٗرس منٛز آمُت۔ یَیلہِ دوٚنی یہ نوٚ گٔژھ
ظہوٗرس منٛز یوان چھُ تہٕ اَمِس مہیشورُکُنٛد وِمرشک طاقتھ چھُ عملہ
منٛز یوان تہٕ کایناتس منٛز چھِ ساری پدارتھ (objects) وجوٗدس منٛز
یوان۔ اَکھ ادیسھتا یہ (حالژ[2]) منٛز چھُ مہیشور وِشوٚتمک یانے زٔگ رٔپ
بنان۔

## کٲشِر ہِندِ پرمپرایہ موجوب پرکاش تہٕ وِمرشک تصوٚر

کٲشِر ہِندِ شیوٕ شاسترٕکی عالِم چھِ یتھ وٲنہ پرکاش تہٕ وِمرشکس زٲوِج
جارسی وِیرٕ چھناونہٕ خٲطرٕ خاص انداز تہٕ خاص لفظ استعمال کران آمٕتۍ
تہٕ یِہ چھُ باسان زِ پرکاش تہٕ وِمرشک ہیم زٕ شیوٕ فلسفُک مُرمہ چھِ۔ یہنٛدِ
مانے کرنس یِیہ تہٕ یمو لفظو سیتی واضح۔ یمَن خاطرٕ لفظَن ہِنٛدِ لفظَن منٛز ہیم
پنٛنین ششین ہیٚچھناونہٕ خاطرٕ یِم استعمال کران چھِ۔ پرکاش گو "آشن"
تہٕ وِمرش گو "باشن" یِم زٕ کٲشرِ لفظ چھِ سیٚھٹاہ اہم۔ "آشن" گو پدارتھن
(objects) ہُنٛد خیالکِس عالمس منٛز آشن۔ "بھاشن" گو تمنے
پدارتھن ہُنٛد عالمس منٛز ظہوٗرس منٛز ییُن۔

پٔتہٕ دٔکِھتھ کیو فلسفہٕ دانو چھُ اَکِس اِنسانہٕ سُنٛد ترقی تہٕ خوشحالی
حاصل کرنہٕ خٲطرٕ یمَن دوٚن (پرکاش تہٕ وِمرشکس) طاقتَن ہُنٛد سر

1. Transcendental. 2. Nontranscendental.
(عالمس منٛز)

پوسہ اَمِس کرِنۍ چھے یُس اَمہِ پشندِس پرکاشس سیتۍ میلتھ۔ تِکیازِ دُنیہ چھہ
پہ پٲٹھۍ کرُن بیترٕ خیالس منز کھٔسِتھ۔ اَد کینژ سیکینہ اَتھ حالتس منز بیاکھ
ڈرٕتھ کیتھۍ زٕ اَمِس کُس پارٹ چھُ کرُن تہٕ کیتھۍ کرِ۔ وۄنۍ ییلہ پہ ایکٹر
سٹیجس پیٹھ پننہ ایکٹنگہ ہُند جوہر ہاوِ۔ اَمہِ پتہٕ یہ عملی کام گیہ ومرش
پرکاش تہٕ ومرشکین دۄن اوستھاین (حالتن) منز ہیکو نہ یہ وَنِتھ زِ
جیس کیا چھِنہ ومرشس منز تہٕ صرف چھُ پرکاشس منز۔ جیس چھُ دۄشونی
حالتن منز۔ پرکاشس منز تہٕ تہٕ ومرشس منز تہٕ۔ اَمی وجہ کنو چھِنہ
پرکاش تہٕ ومرش اَکھ اَکس نِشہِ بیون بیون مانہٕ یوان۔ یوتانۍ کانہہ خیال
مینہ کِس آگرس منز ڈیتھ چھُ ژٕنہ ظاہر چھِنہ، توتانۍ گو پرکاش ییلہ یہ خیال
(Thought) عملہ کنز۔ یتھ بونہ یہ یِلہ ظاہر سپد سہ گو ومرش۔
یتھے پٲٹھۍ چھہ دُنیاہس منز بیون بیون کام کرن والی سانِہ ہمیشہ
تہٕ دیوتانۍ ہتو۔ تِکیازِ تِم چھہ پرتھ ونہِ یتس یتس دِلہس منز پننس
پرکاش تہٕ ومرش عملہ منز انان۔ مثلن اکس کرالس چھُ منس منز ارادٕ پاٹھ
مےپدان زِ سے چھہ خاص کُنہِ قسمکو بانہٕ تیار کرٕنۍ بیتہٕ چھُ منس منز سوچان
زِ اَمہِ خاطرِ چھے سےّ خاص میژ بکار۔ یتہٕ چھُ یہ سوچان زِ تژ کِھر، ڈینڈ بیتر
کیتھہ کٔر [illegible] آسِتھ۔ یہ سورُے خیال گو پرکاش۔ ییلہ یہ سارِ یے
تعمیر یا قسمہ کٲمی سہ کرال عملہ منز انہٕ تہٕ خاص قسمکو بانہٕ تیار کرِ۔ تیلہ یہ
ہے گیہ ومرش عمل۔ [illegible] بہ [illegible] وول آسیہ یا بونگلہ بناون وول
انجینیر آسہ یا ٹیلہ [illegible] بیتر بناون والی آسن۔ یِمن سارنی چھُ پرکاش
تہٕ ومرش عملہ منز یوان۔ سارنی چھے پننیٖ پننیٖ کام پننس پننس خیالہٕ کِس
آگرس منز نژان یا لُٹان تہٕ یتہٕ چھہ تعمیرس روپس منز عملہ منز یوان۔ یتھے پٲٹھۍ

# پرٛکاش تہٕ وِمرش

## روٗحانی نظریہ کِنہِ

آتماہس چھ زٕ پہلوٗ۔ پرٛکاش (خالِص نوٗر) ایحساسی تہٕ وِمرش (ظاہری روٗپ) مجازی پہلوٗ۔ پرٛکاشک پہلوٗ چھُنہٕ آتماہُک خاص پہلوٗ۔ یکیازِ یہ پہلوٗ چھُ بیٚیَن چیزَن منٛز تہٕ لبنہٕ یِوان۔ مثلن اٚنس۔ سوٗ ٹھکس تہٕ جواہراتَن منٛز تہٕ، یانے اگر اُسہ مانوٗ زِ۔ روٗح چھُ صرف پرٛکاش (خالِص نوٗر) نیٚلہِ یہ نوٗر چھُ بیٚیَن چیزَن مثلن جواہراتَن بیتر چیزَن منٛز تہٕ لبنہٕ یِوان۔ تِتہِ تہٕ چھُ پرٛکاش موجوٗد۔ اَمہِ رکنہِ اگر آتما (روٗح) آسہِ صرف پرٛکاش مے (نوٗرِ بوٗرٛت) لوٗت تیٚلہِ آسہِ بیٚیَن زِ سوٗ ٹھکہ یا اٚنہٕ ہیوٗہ اکھ چیز یُس بیٚیہ چیزُک عکس رٹان آسہِ ہے۔ وِمرش لفظ چھُ ہاوان اکھ خاص گوٗن یُیمہ کِنہِ یہ (Individual Soul) زِ یوٗ اکھ وارکس منٛز چھُنہٕ یِوان یتھ منٛز جواہر بیتر یِوان چھُ۔ اَمہِ کِنہِ اُسہِ وِمرش دل ذیٚنہٕ زِ پیٚٹھاہ اہم۔

وِمرش: یہ چھُ آتماہُک اکھ خاص پہلوٗ ہاوان پرٛکاشُک صِفَتھ چھُ وِمرش۔ یِیلہِ کاشُرِ یہ تہٕ پننہِ پانس سَپدان چھُ۔ تمِس چھُ سیٚتہِ پننہِ وجوٗدُک یا آسنُک حِس (Awareness) تہٕ آسان۔ اَمیُک مطلب چھُ یہ زِ ساریٚنے زیوٗن چھُ زِ اَکھ پانسُس سیٚتہِ یہ اَمیُک حِس تہٕ سپدان۔ اٚنس منٛز چھُ صرف عکس باسان یانے اَتھ منٛز چھُ عکس نٔنہِ نیران۔ مگر اٚنس چھُنہٕ پنُن عکسن ہنٛد ظاہر سپدنُک حِس آسان۔ اَمہِ علاوٕ چھُنہٕ ذرٕ اَصل اٚنس پنٕنیَن عکسن ہنٛد باس تہٕ آسان۔ سُہ چھُ صرف اٚنہٕ وُچھن والیس شوٗعوٗری زیوٗ بےٚ آسان۔ اَمہِ کِنہِ چھُ آسیہ نتانہٕ پرٛکاشُک باس تہٕ وِمرشُک حِس یِیم چھُ ہمیشہ

اِستعمال کرنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ زور دِیت مُت۔ وَنان چھہٕ زِ پرکاش تہٕ وِمرش چھہٕ اِنسانہٕ سٕندِ زُوٗ۔ یِمَس پرکاش تہٕ وِمرش عملہٕ منز لیان آسنہٕ سٕہ گوٚو زِنٛدٕ آسنہٕ تہٕ موٗدمُت۔ یہِ پرکاش تہٕ وِمرش گوٚو گیانہٕ تہٕ کرِیایہِ ہُنٛد بنیوٗن۔ آچاریہٕ اُتپل دیو چھُ وَنان زِ: "گیانم کرِیا چہٕ بھوتانام جیوتام جیوتم متم۔"

## گیان ( Knowledge ) تہٕ کرِیا ( Action ) چھے

زِنٛدٕ اِنسانہٕ سٕنٛد زُوٗ۔ تہٕ آچاریہٕ چھُ پانے وَنان زِ: "وِمرشہ ایلو دیوشیہ شُدھ ہیر گیانہٕ کرِیہ یتسہ۔" وِمرش گوٚو گیان تہٕ کرِیا شکتی ہُنٛد عمل۔

پننہِ لامُوحدُود شُود تہٕ پُورٕ شُوعور یہِ آسُنُک پرٛکاش تہٕ ومرش یانے
شُوعور تہٕ جس دوشوٗے ہمیشہ آسان۔ ومرش چھُنہٕ دراصل پرٛکاشہٕ
نِشہِ بیوٗن کانٛہہ چیز۔ یہ چھُ پرٛکاشُک قدرتی صِفت۔ اَمہِ ومرشکہِ صِفتہٕ
رٕکنہٕ چھُ پرٛکاشس پرٛکاش وَنان۔ یانے شُوعورُک شُوعور چھُ ومرش۔
بیِچھے یُتھو ومرشُک ومرش آسُن چھُ پرٛکاش۔ یانے جیسِک جس آسُن
چھُ پرٛکاشے۔ دراصل چھِہ یم دوشوٗے کُنی تہٕ اَکھ وُجُود زٕلیتھ۔ دوشوٗے
چھہ یتھہ یُتھو زٕلیتھ زبانہٕ واٗنی چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ فرق باسان۔ اَصل حقیقتھ
سمجاونہٕ خاطر چھُ سیدھ لُکو (Seer) یمن دوٚن لفظن ہُند تھَنُور کوٚرمُت
دراصل چھُے یہ مولہ حقیقتھ شُود (پاک) لامُوحدُود تہٕ مکمل پرٛکاش تہٕ ومرشس
سیتھ زٕلیتھ۔ اَتھی پرٛ تو تس چھُ شُود۔ لامُوحدُود تہٕ مکمل وسموت وَنان۔
اَمہِ قسمہِ سموِد، چھُ پرٛ برٛہم۔ پرٛمیشور۔ بگوان بیتر ناو دِنہٕ یِوان بشیو
درشنس منٛز چھُ اَتھی پرٛم شِو (عظیم ہستی) وَنان۔ اتھیک دوٚیُم ناو چھُ
(١) اَنُتر تہٕ۔ اصلی چھُ یہِ ہے سُہ اَمہِ نِشہِ بیوٗن چھُنہٕ کانٛہہ چیز۔ یہ کینٛہ
تہٕ بنیہِ بنیہِ باسان چھُ سُہ چھُ دراصل یوہے۔ یوہے چھُ سارنے زمن
روٚپن منٛز باسان۔ اُمرشکہِ یہ سوبادو (صِفت) چھُ اُمرشکہ پورٕ سواتنترتہ
(Sovereignty) یانے خود مختاری۔

1. This All-inclusive Universal consciousness is called Anuttara (the Highest Reality) or Parā or Pūrṇā Samvid (Supreme or Perfect consciousness) in this system. As the word Anuttara implies, It is a reality beyond which there is nothing. It is, therafore, free from all limitations. It is undefinabla in terms of ordinary every day life.

پانہٕ وأنۍ اَکھ اَکِس سیتۍ روزان۔ یِم چھینہٕ زانہہ تہٕ الگ ژھینِتھ ہیکان۔ باسِن
چھےٚ زان تہٕ حِس چھہٕ زانَنچ عمل۔ اَتھ منز ... بیٚن عکس ہیکوٚنہٕ
پرٛکاش وُنِتھ تیکیازِ اَتھ چھُنہٕ چیزن ہندِ عکسُک حِس آسان۔ اَمہ کِنۍ
چھینہٕ اَتھ عکسُک وِمرش۔ (The power of mani-
festing itself in a concrete form
وُچھوٚنہ آسیس تہٕ یِتھہٕ پاٹھۍ بیٚیہ ہتہ چھُ نوٗ (بنےٚ حِس)۔ زٕدُس کتہٕ
چھُ خیال زِ بیٚ چھُس۔ اَمیُک وِمرش چھُنہٕ اَمِس بلکُل تہٕ۔ اَتھ برعکس
چھُ اَکِس زِنہٕ پوٚسس ہمیشہ بیٚ اَسنُک باس آسان۔ تہٕ اَمیُک چھُس
ہمیشہ وِمرش تہٕ آسان۔ اَمہ کِنۍ چھُ اَمیٚ سِیٚندِس لوٗز ہِنٛدِس اَتھ منز یِمہ
چیزُک عکس پیوان چھُ تمہ چیزُک شوٗعور تہٕ تمُس بیٚ بیتھہٕ روٗپس
منز سپدان تہٕ سیتۍ چھُس بیٚ یِتھہٕ وِمرش یا حِس تہٕ سپدان زِ یِہ لفظ
چھُ ہاوان زِ زِنوس چھُ شوٗعورس سیتۍ حِس تہٕ آسان۔ یِہ کتھ فِکرِ
ترٛٲوِنہٕ خاطرٕ ہیکو اَسۍ یِہ وُنِتھ زِ اَکِس زِنہٕ پوٚسس چھُ پننہٕ شوٗعورٕ تہٕ حِسِ
ہٕ طاقتہٕ کِنۍ چیزُک پرٛکاش تہٕ وِمرش سپدان۔ چیزن ہندِس باسس
سیتۍ چھُس چیزن ہُند حِس تہٕ سپدان۔ یِتھہٕ پاٹھۍ شوٗعور تہٕ حِس چھینہٕ
زِ بیٚون بیٚون چیزٕ۔ یِتھہٕ پاٹھۍ چھینہٕ یِہ پرٛکاش تہٕ وِمرش بیٚون بیٚون۔ یِم زٕ پہلو
چھہٕ سیکہٕ کِنۍ دۄن طرفن ہِنٛدۍ پاٹھۍ یانہٕ وأنۍ یِتھہٕ پاٹھۍ میلِتھ زِ اَکھ
اَکِس سیتۍ ہیکن نہٕ جُدا سپدِتھ۔ چیزن ہُند باسُن تہٕ چھُ تِیلی شوٗعوری
(پرٛکاش روٗپ) یِیلہٕ اَمیٚ ہُند (زِنہٕ پوٚسُند) اَتھ باو (صِفتھ) چھُ وِمرش
(حِس)۔ یِہ میٚشوٗرٕ تہٕ چھُ شوٗد پرٛکاش روٗپ یانے خأٹِص شوٗعوری
روٗپ تہٕ شوٗد وِمرش روٗپ یانے خأٹِص حِسہ وول تہٕ اَمہ کِنۍ چھُ اَمِس

تھٔے پأٹھٕ پیٚتھ پأٹھۍ اوم دۄد چھُ گوڈنیُتھ پرٛکرتی تہٕ زانٛت دۄد بنٕتھ
چھُ وِکرتی۔ یِہ نام واد مطابق بیٚلہٕ کانٛہہ پرٛکرتی وِکرتی منٛز یانے اوم
دۄد زامتِس دۄدس منٛز تبدیل گژھان چھُ۔ یہ پرکرتی چھےٚ کُلہِ وِکرتی
منٛز بدلان۔ یتھےٚ پأٹھۍ چھہ سمہایہ ورٛ بیٚلہٕ کانٛہہ وِکرتی (بدلیومُت روٗپ)
پرٛکرتی منٛز تبدیل گژھان چھےٚ یانے بدلیومُت روٗپ پنٕنِس اصلی روٗپس
منٛز گژھان چھُ تہٕ وِکرتی چھےٚ گلان۔ یہ چھُ زدٕ یانے ژٕ پیٚٹھ رستٕس چیزن
ہُنٛد قٲیدٕ۔ اَمی کِنہ چھہ یِم زڑ چیز نامکمل۔ مگر بیٚلہٕ پیٚتشر زیوٗتر زگتِکِس
روٗپس منٛز ظاہر سپدان چھہ تمہ پتہٕ نیوٗد آیتھ چھےٚ کھٹتھ روزان۔
پادُ یِشہٕ تہٕ لے گژھنہٕ کِنہ چھےٚ تیٚتر نیوٗد آیتھ ناکارہ نَنان۔ پرم شِو
پتھرٕ پرٛتھ سیتو چھُ یہ کأیناتھ بنان۔ یہ کأیناتھ یتھ منٛز واریاہ عالم
چھہ، چھےٚ تمہ سیٚتری فوٗتن ہُنٛد عکس۔ شِو تہٕ تہٕ پیٚٹھ پرٛتھوی توتام
تأنی یوسہٕ کأیناتھ چھےٚ، تتھ منٛز اَنٛتہٕ رُسو عالم چھہ۔ یِم چھہ پرم شِو
پتھرٕ پرٛتھ سیتو وۄتھان۔ چھُلتھ بھولتھ (ولیستارس منٛز پھٕتھ) پیٚترِ لے
گژھان۔ یانے پرم شِوسٕنٛد ظہوٗر (پرکاش) چھُ پأدایِشہٕ منٛز۔ وجوٗدس
منٛز تہٕ سمہارس منٛز وۄلسان۔ پرم شِو چھُ یِم روٗپ داران۔ اوم کھ
چھُنہٕ یہ کأنسہ موحتاج۔ وِدیارِتھ ہُنٛدیٚس کارن روٗپ: برٛہم، چھُ سہ
چھُ نیٚبمُتس یانے نہٕ کیٚتھ پیٚٹھ کرُن وول مگر تمہ سٕنٛدس کاریہ روٗپ
زگتس منٛز چھےٚ یِوان کانٛہہ اکرٕ تا (نہ کانٛہہ چیز پادٕ کرتھ ہیکن)
اَمہٕ کِنہ چھُنہٕ یہ پوٗزٕ برٛہم چھنہٕ کینٛہہ کرُن وول۔ اوم کھ گیٚیہ سان
کرنگ ماد چھُ شِوسٕنٛز اصلیتھ۔ اتھ منٛز چھُنہٕ یہ کُنہ فوٗنوٚنس پابند۔
یہ چھُ پننہٕ پرٛتھ ہُنٛد پأنی یانے ماٲنکھ۔ لۄدوے یہ پرٛتھ تہٕ کیٚہ چھا یے

# THEORY OF SELF DEPENDENCE سۄاتنتٔر واد

ہندوستانکین کینٛژن سۄکولن منٛز چھہ ترٛے تھیوری (Theory) جاری۔ (۱) آرمبھ واد (Realistic view) (۲) پرنامہ واد (Theory of Transformation)

(۳) سۄاتنتٔر واد

سۄاتنتٔر واد چھ اہمیتھ چھےٚ کٔشیرٕ شیو فلسفس منٛز بیحد کھۄتہٕ یہ واد چھہ اَمہ فلسفک ہرتر۔

یٚیلہٕ بٲیہ منٛز باہمُت چھٕٹان چھُ تہٕ ہیول چھُنہٕ کُنہ رۄزان۔ ہیول ہیول تہٕ رۄزِتھ چھُ باہمُت بنان۔ دٕہ دٕس یٚیلہٕ ژامُت دٕہ چھُ بنان یٚیلہٕ چھُنہٕ تتھ کانہہ دۄد وُنان بلکہ بگرِتھ چھُ تتھ ژامُت دۄد ناوی یوان یانےٚ سُہ چھُ ژامتِس دۄدس منٛز بدلان۔ یٚیلہٕ موٗلہٕ پرٛکرٛتی (Cosmic Energy) منٛز بۄد۔ اہنکار بیتر عنصرن ظاہر گژھان چھہ تہٕ موٗلہٕ پرٛکرٛتی ہٕہندِ پنُن روٗپ چھُ غاںٔب گژھان۔ بۄد، اہنکار (بیتا) بیتر عنصرن منٛز چھےٚ موٗلہٕ پرٛکرٛتھ تبدیل گژھان۔ سمہار (لَے گژھن) وِزِ چھےٚ سارٕنٕے عنصرن ہٕنز تبدیلی ترتیب دار موٗلہٕ پرکرٛژ منٛز سپدان۔ بۄد بیتر سارٕنٕے عنصرن چھہ 'وِکرٛتی' وَنان۔ وِکرٛتی گۄ وِکار۔ یانےٚ پنُن اصلی روٗپ ترٲوِتھ بیاکھ شکل اختیار کرٕنۍ گۄ وِکار۔ پرکرٛتھ گیہ عنصرن ہٕنزِ اصلیتھ وِکرٛتی گیہ تِہنٛد بدلُن۔ یانےٚ پرکرٛتی ہیتھ کر عنصر چھہ بدلیتھ کاٗیناتکیس روٗپس منٛز یوان۔ مٲنۍ تو کاٗینات بنیہ روٗنہ چھےٚ پرکرٛتی۔ کاٗیناتھ ہٕنز چھےٚ وِکرٛتی یا وِکار۔ کاٗیناتک روٗپ یُس اَسہِ بوزنہٕ چھُ یوان سُہ چھُ دِیُتھ

## (۳) وِوَرتٕ واد (THEORY OF MANIFESTATION)

پَتہٕ بھجنیا سوٗکاِل چھُ یمَن ترٛین تھیورین غلط مانان۔ کوٚڈنچ
نیایہٕ وَیشیشِک مُطابق چھُ اَڈو حقیقژ یا تہٕ اَڈ تہٕ منز یتھ ساری کاینات
وجوٗد سپدیوٚمت۔ مگر اَتھ اُصولس منز چھِنہٕ یہٕ وجہ وَننہٕ یِوان زِ کاریہٕ
(effect) یِتھ پاٹھۍ ذرا کاریہٕ (cause) منز یتھ منز اَمیک آسُن
کارنس منز چھِنہٕ یِوان ہوٗرنہٕ۔ دوٚیمہ اُصولہٕ موجوٗب چھُ کارن کاریس
پاٛدٕ کران۔ مگر پتھ وجوٗد چھُس نِنم گژھان۔ مثلن اوم دوٚد چھُ بُلان
زامتس دودس منز۔ مگر زامُت دود بنیتھ چھُ اوم دود نابوٗد گژھان
تکاو چھُنے تکاسہ تہٕ چایہٕ کھیتھ دود دِوان۔ تکاسہ یُس کارن (وجہ) چھُ
سہ چھِنہٕ بوٗدے آسان یتیمہ وِنہٕ دود بنان چھُ۔ بیاکھ چھُلہ منز کُل شیپیر تھہ
چھُنہٕ بیاکھ چھوٗل بوٗد آسان۔ اگر یہ کتھ چھُنے تیلہ گوٚژھ بچہ پاٛدٕ گژھینہٕ وِنہٕ
تمیُک مول موج (cause) نابوٗد گژھُن۔ یہم سوال چھُ پَتہٕ بھجنیا
فلسفہ دان پرنامٕ واد والین کران۔ یِتھے پاٹھۍ چھُنہٕ یمَن شنکراچاریہ
سُند فلسفُک وِوَرتٕ واد تہٕ ناہر کھسان۔ پَتہٕ بھجنیا فلسفہ والی چھِ یمَن
نوکتہ چینی کران زِ اگر یہ کاینات وِوَرتہٕ روٗپ چھُ یانے سوٚہ ہِکو (خابچ)
پاٹھۍ اَپزِ یے باسنس منز یِوان چھُ۔ اَتھ اَپزِ باسنس چھُ تم مایا وَنان۔ پَتہٕ
بھجنیا والی چھِ وَنان زِ اگر بقولِ ویدانت یہ کاینات سوٚہ ہِکو پاٹھۍ اَپزِ
چھُ تیلہ کیاز چھُنہٕ یہ کاینات سوٚہ ہِکو پاٹھۍ نابوٗد گژھان۔ مگر اَمیُک
وجوٗد چھُ انادی کالہٕ (Eternity) پیٹھہٕ ہیٛچھان آمُت۔ پَتہٕ

---

[1] Theory of Transformation.

سو یُژھ پادٲیش ہِنٛدِس رۄٗپَس منٛز ۔ وجوٗد کِس رۄٗپس منٛز یا سِمہار
یا نے ۔ لے گژھِھ کِس رۄٗپس منٛز آسہ ۔ اَتھ وَنوٗ نہٕ آسہ پَرٕنام بَلکہ
سوٗ اننٛتیر یا نے خوٗد موٗجتاگی ۔ یکیا نہٕ اُو پٕنٛز شیوتا (God head)
چھےٚ نہٕ آمہ سیٛتو غاٸب گژھان ۔ بَلکہ پٕریٖتھ رنٛگہٕ چمکان ۔

آباس مانِنہٕ یوان۔ آباس گوٚ پٕزٕ کینژٕ گوٚمُت پدار رٕچھتہٕ یانے ہم ہم چیز ییتہٕ کأیناتس منٛز وۄجوٗدس منٛز یوان چھہٕ۔ تہٕ سوٗرُے گوٚ آباس۔ آباس گوٚ باسُن۔ یہ ژھیوٗری چھےٚ یہ کتھ تہٕ مانان زِ یِمَن چیزَن ہُند بُنیادی کارَن چھُ اَکھ پرٕمیہ شِو۔ اَتھو بُنیاد پیٹھ چھہٕ شیوٕ فلسفہ دان توحیدُک اِحساس کران۔ وۄنی چھہٕ سوال وۄتھان زِ پرٕمیہ شِو منٛز کیازِ چھہٕ ییم پدار رِتھ (چیز) ظأہر گژھان۔ اَمہ کتھہِ ہُند جواب چھُ یُتھے ییتہ یہ پرٕژھن زِ نارس کیازِ چھُ زالنُک طاقتھ ییتھ پأٹھی نارس زالنُک طاقتھ قُدرتی گۄن (صِفتھ) چھُ تیتھے پأٹھی چھُ پرٕمیہ شِوس پنُن گۄن یا شکتی ییمہ کِنہ سٕہ زٕگتکی ساری پدار رِتھ چھُ پرٕکٹ (ظأہر) کران۔ اَتھ شکتی چھُ سُوا تنتر شکتی ناو۔ کیازِ یہ چھےٚ نہٕ کُنہ بییس چیزَس پیٹھ ڈٲرِتھ (Depend) اَمہ کِنہ چھُ شیوٕ درشنَس منٛز یہ مانِنہٕ یوان زِ پرٕمیہ شِو چھُ سارِنے زٕگتہٕ کین پدار رِتھَن ہُند ہیتہٕ یانے بُنیاد۔

## کرٕیا شکتی تہٕ اَمِکۍ اُصوٗل (THE LAW OF CAUSATION)

یہ وۄن اَسہِ بُنیٖ زِ پرٕمیہ شِو سٕنٛز شکتی چھےٚ مُختلف پدار رِتھَن (Material objects) ہِنٛدِس روٗپس منٛز آباس وادِ کِہ اُصوٗلہٕ موجوٗب بنان یا ظأہر گژھان۔ یِمو فلسفن چھہٕ یِمَن پدار رِتھَن ہِنٛدِ بنِنہٕ خأطرٕ یا وۄجوٗدس منٛز ییِنہٕ خأطرٕ کرٕیا شکتی ہِنٛدی ترٕشے اُصوٗل مأنی مِتۍ۔ اَکھ گوٚ:

(۱) بھید ابھید سمبندھ (Law of Division of Unity & Plurity)

(۲) مانہ میٛیہ (Law of Perception or Perception & object perceived)

بھجنیا فلسفہٕ دان چھہ یمن ترٛیشوٕنی تھیورین یاداوٕن رد کرِتھ پنٕنۍ تھیوری سوٲتنترٕ واد پیش کران۔ یٕمہٕ تھیوری منٛز ہیٚکہِ یاز پیٚٹھ چھہ یِم سارۍ سوال حل گژھان۔ یُس عظیم کارن چھُ سُہ گوٚ ہمیشہٕ (اعلانہٕ شتی) تمِس منٛز چھُ سوا تنترٕ شکتی مُنٛد گوٗن (صفحہ)۔ یٕمہٕ سِستین کاریہٕ (effect) یادٕ گژھنس پیٚٹھ کارن (cause) چھُنہٕ نابوٗد گژھان۔ امہٕ تھیوری موٗجوب گژھِنہٕ بچہٕ سُنٛد کارن تمُ سُنٛد مول مورُن نابوٗد۔ مول مورِ تہٕ روزِ زندہٕ تہٕ بچہ تہٕ روزِ زندہٕ۔ امہٕ سواتنتر شکتی منٛز مثال دِنہٕ اَسہِ بیاکھ۔ اکھ جرٛم (Germ) چھُ منٛشن منٛز کرور بدی جرٛم یادٕ کران۔ مگر بروٚنٛہہ برٛونٛہہ جرٛم تہٕ چھہ زندٕ روزان۔ پر تہٕ بھجنیا فلسفہٕ کہِ نظریہٕ کنہِ چھُ کارنس منٛز اکھ عجیب طاقت۔ یتھ ناو چھُ سواتنتر شکتی (Sovereignty of will) اکھ شکتی پیٚٹھ ہیٚکو نہٕ اَسہِ سوال کرِتھ زِ یہ شکتی یوٚسہٕ منٛز یادی کارن چھےٚ، کِتھ پاٹھۍ چھےٚ پانس اٚنۍکھ کاریہٕ یادٕ کران۔

## (۱۰) آبھاس واد (THEORY OF MANIFESTATION)

کشمیر شیوٕ فلسفس منٛز چھےٚ یہ اکھ اہم تھیوری مانِنہٕ یِوان۔ پرتیہ بھجنیا درشنس منٛز چھُ اَتھ اکھ خاص مقام۔ اَتھۍ آبھاس وادچہ تھیوری منٛز ہیٚکو یاز پیٚٹھ چھہ یِم توحیدُک اصوٗل کھر کران۔ یٕمہٕ سوٗ کوٚلہٕ موٗجوب چھُ پرمہٕ شیوٕ (supreme cause) سُنٛد سوبھاو (nature) یا شکتی۔ پننہٕ پانہٕ منٛزے یٕمہٕ دُنیہِ ہیٚکو مُختلف پدارتھ (موروز) ظاہر کرِتھ۔ امی وجہہ کِنۍ چھہ یتھ فلسفس منٛز ساری پدارتھ (objects)

آباس مانٛنہٕ یِوان۔ آباس گوٚ یِٛہ کینٛہہ گوٚمُت پدارتھ یانے یِم یِم چیز یِتھہٕ کاینات منٛز وُچھوٚس منٛز یِوان چھہٕ۔ تہٕ سورُے گوٚ آباس۔ آباس گوٚ باسُن۔ یِہ تھیوری چھےٚ یِہ کینٛہہ تہٕ مانان زِ یِمَن چیزَن ہُنٛد یُنہ یادی کارَن چھُ اَکھ پرٛمہ شِو۔ اَتھ یُنہ بازٕ پیٚٹھہٕ چھہٕ شیوٕ فلسفہ دان توحیٖدُک اِحساس کران۔ وونہٕ چھُ سوال وۄتھان زِ پرٛمہ شِو منٛز کیاز چھہٕ یِم پدارتھ (چیز) ظاہر گژھان۔ اَمہ کینٛہہ ہُنٛد جواب چھُ یِتھہٕ پٲٹھۍ زِ پرٛمہ شِوس منٛز چھہٕ زانِنُک طاقتھ پیٚٹھہٕ یا کٔرنُک طاقتھ قُدرتی گۄن (صِفتھ) چھُ یِتھہٕ پٲٹھۍ چھُ پرٛمہ شِوس پنُن گۄن یا شکتی یِمہ کیٛنژھہٕ زگتُک ساری پدارتھ چھُ پرکٹھ (ظاہر) کران۔ اَتھ شکتی چھُ سوٚاتنٛتر شکتی ناو۔ کیاز یِہ چھےٚ نہٕ کُنہ بیٚیس چیزَس پیٚٹھہٕ ڈیرتھ (Depend) اَمہ کینٛہہ چھُ شیوٕ درشنس منٛز یِہ مانٛنہٕ یِوان زِ پرٛمہ شِو چھُ سارِنے زگتہٕ کین پدارتھَن ہُنٛد بنیاد یانے بُنیاد۔

## کرِیا شکتی تہٕ اَمکۍ اُصوٗل (THE LAW OF CAUSATION)

یِہ وۄنۍ اَسہِ بُتھ زِ پرٛمہ شِوٕ سِنٛز شکتی چھےٚ مُختلف پدارتھن (Material objects) ہِنٛدِس روٗپس منٛز آبھاس وادُک اُصوٗلہٕ موٗجوٗب بنان یا ظاہر گژھان۔ یِمہ فلسفن چھہٕ یِمَن پدارتھن ہِنٛدِ بننہٕ خاطرٕ یا وُچھنہٕ منٛز یِنہٕ خاطرٕ کرِیا شکتی ہِنٛدۍ ترٛےٚ اُصوٗل مٲنۍ میٚتۍ۔ اَکھ گوٚ:

(۱) بھید ابھید سمبنٛدھ (Law of Division or Unity & Plurity)

(۲) مانہ میٚیہ (Law of Perception or Perception & Object perceived)

بھجنیا فلسفہ دان چھ ہمن ترشونی تھیورین یا وادن رد کرتھ پننی

تھیوری شواتنتر واد پیش کران۔ یمہ تھیوری منز بنہ یاز پیچھ چھ یم

ساری سوال حل گژھان۔ یُس عظیم کارن چھ سہ گو مہیشور (اعلا شکتی)

تمس منز چھ شواتنتر شکھتی ہُند گُن (صفحت)۔ یمہ سبتین کاریہ

(effect) یادہ گژھنس پیچھ کارن (cause) چھُنہ نابوُد گژھان۔

امہ تھیوری مُوجوب گژھنہ بچہ سُند کارن تمہ سُند مول موج نابوُد۔ مول موج

تہ روزہ زندہ تہ بچہ تہ روزہ زندہ۔ امہ سواتنتر شکھتی منز مثال دِہوا اسی

بیاکھ۔ اکھ جرم (Germ) چھ ہتھن منز کرورہ بدی جرم یادہ کران۔ مگر

بڑو تھمو بڑو تھمو جرم تہ چھ زندہ روزان۔ پتہ تہ بھجنیا فلسفہ کہ نظریہ کنہ

چھ کارنس منز اکھ عجیب طاقتھ۔ یتھ ناو چھ سواتنتر شکھتی (Sove-

reignty of will) اتھ شکھتی پیچھ ہیکوہ اسی سوال

کرتھ زِ یہ شکھتی یوسہ بنہ یادی کارن چھے، کتھ پاٹھی چھے پانسہ

انیکھ کاریہ پادہ کران۔

## (۲) آبھاس واد (THEORY OF MANIFESTATION)

کشمیر شیو فلسفس منز چھے یہ تھ اکھ اہم تھیوری مانہ یوان۔ پتہ تہ

بھجنیا درشنس منز چھُ اتھ اکھ خاص مُقام۔ اتھی آبھاس واد چھ تھیوری

منز بنہ یاز پیچھ چھ یم توحیدک اصول کھڑ کران۔ یمہ سوکولہ موجوب

چھُ پرمہ شیو (supreme cause) سُند سوبھاو (Nature)

یا شکھتی۔ پننہ پانہ منز یمہ دُنی یہ ہیکی مُختلف پدارتھ (موضوع)

ظاہر کرِتھ۔ امی وجہ کنہ چھ یتھ فلسفس منز ساری پدارتھ (objects)

کاریہ (عمل) Effect چھ زامت دود۔ یم ژریشوے چھ زامت دود چھ عملہ منز پوان۔ یمہ کنہ تصورس منز ییہ چھے سیٹھاہ مشکل۔ ییمہ کاینا تکو ساری پدارتھ (چیز) چھ انسانہ سنز عقلہ چکراان تہ انسانس چھ یم ساری چیز عجیب باسان۔ مگر سانہ فلسفہ دانو کری ییمہ کائینا تکہ چیز تیتھ پاٹھو پیش ییتہ پاٹھو زی کینہ بڑ بڑ سائنسدان چھ تمن عنصرن منز ویژہ نے (Analysis) کران۔ امیک زاوہ جار نمنہ اسہ بروٚنٹھ میس جھتس منز۔

## شیٚیہ ژہن (۳۶) توتن / عنصرن ہندی اصول

توتن ہندی اصول (Doctrine of Tattvas) چھ کشمیر شیو فلسفس منز سیٹھاہ اہمیتھ تھوان۔ امہ اصولس منز چھ ییہنز اکھ خاص مقام۔ بروٚنٹھ وون مے زِ کرہ یا شکھتی چھے کائینا تکین سارنے پدارتھن (objects) ہنز اکھ بنیاد۔ شیو فلسفن چھے یہ شکھتی منز بنیاد شیٚیہ ژہن حصن منز باگراو میژ۔ یمن حصن ہنز بیٚلہ ثبوٚن ثبوٚن خاصیژ پاننہ وانی یکہ وٹہ میلن تہ ییہنز بیلہ سپنہ چھ کائینا تکو مختلف چیز مثلن پہاڑ، دریاو، آسمان، افتاب، گل کنٹھ، پشو بیتر بنان۔ اگر اسہ وُنی کینس شیٚیہ ژہن توتن (عنصرن) ہندی اصول جدید سائنسی دورکہ نظریہ کنہ دقیانوسی ہی باسن مگر تتھ دورس کُن نظر گژھہ ہیکو اسہ سوچتھ زِ تمہ وقتکو شیو فلسفہ دان کاتیاہ بروٚنٹھ اسہ سائنسی تصورس منز۔

(۳) کارِیہ کارَن ( Effect & cause )

گوڈنکیہ اُصوٗلہ کینہہ اگر کائینات کیٚس کُنہِ چیزَس پیٹھٕ اَسہِ نظر تہٕ اَدٕ

تہٕ اَسہِ ہیکو یہ کانہہ چیز اکائی ( Unity ) ہِنٛدِ نظرِ کینہہ یاد اَرِیاہ

( Plurity ) آسنٕکہِ نظرِ کینہہ وُچھِتھ۔ وِیٚتھ ہُنٛد مِثال ہیمو کرِتھ۔ یہ چھُ

اَکھ پدارتھ یُس بیہنٛچ کام دِوان چھُ۔ تتھہِ کینہہ ہیکو اَکھ اکائی وٕنِتھ اَکھ

اُکِس چیزَس ہیکو اَسہِ سیٹھا چیز تہٕ وَنِتھ یِیلہِ اَسہِ اَمہِ کین سیٹھہٕ ہَن

چھِتن کُن نظر کرَو یا نے اَمہِ چھِ ژور زنگہ تہٕ اَمِیُک پیٹھ (پتِھیم حِصہٕ)۔

اَمِیُک آسن (بیہن جاے) بیترِ مُتعلِق ہِنز اَنو۔ اَمی نظرِ کینہہ ہیکون اَسہِ

سورُے کائینات وُچھِتھ۔ دوٚیِمہ تہٕ ترِیِیمہ اُصوٗلہ (ماہِرِ میبیہ تہٕ کارِیہ کارَنہٕ

مُطابِق یُس اَسہِ اَکھ چیز اکوسے تہٕ اَکہ لحظہ تہٕ زیادٕ تہٕ باسنہٕ تہٕ گو یہ زٕ اَکھ

چیز سپد سائنس تصوُر ہِنز اَکوسے روٗپَس ہِنز تہٕ ظاہِر تہٕ وار یاہَن روٗپَن

ہِنز تہٕ اَکھ وَنو انگریزی زبٲنی ہِنز پیٹھہٕ پٲٹھۍ: Unity in

Diversity or Diversity in unity.

کُنہِ چیزُک مِثلن ٹوپہ اکُرسی بیترِ ہُنٛد وُجوٗد چھُ ترٛیَن پدارتھن ہِنٛدِس

ظہوٗرس ہِنز دِوان۔ فلسفی یا تہٕ اِصطلاحس ہِنز چھُ اَکھ "ترِپُٹی" وَنان

یُس ترٛیَن پدارتھن سیٚتی تولُق تھوان چھُ۔ یم ترٛشے چھِ یِتھہ پٲٹھۍ: وُچھن

وول ( Perceiver ) پدارتھ ( Object ) تہٕ وُچھُن ( Per- ception ) دوشُنٕوَنو کارِیہ تہٕ کارنُک ( Effect & cause )

اُصوٗل۔ مِثلن اَسہِ چھِ وُچھان کارِیہ کیٚس روٗپَس ہِنز یا نے عملہٕ ہِنز زامتہٕ

دوٚدُک وُجوٗد۔ یِیمکی کارَن چھِ یم ترٛشے یا نے گوڈنیُک کارَن گوٚ اوم

دوٚد تہٕ تمہِ پتہٕ گوٚ زاگ۔ ترٛیِیُم گوٚ وقت تہٕ گرمی۔ یِمَن سارِنٕے ہُنٛد

(۵) شُدھ وِدیا — Principle of correlation of Transcendental & non-Transcendental states.

(۶) مایا — Principle of limitation & differentiation.

(۷) کلا — Limitation in Arts of authorship.

(۸) وِدیا — Limitation in Knowledge.

(۹) راگ — Limitation in Interest.

(۱۰) نیِیتی — Limitation in Space.

(۱۱) کالہ / کال — Limitation in Time.

(۱۲) پُرُش — Individual subject.

(۱۳) پْرکْرِتی — Individual limited object

(۱۴) اہنکار — Ego, self-Arrogation.

(۱۵) من — Un-determined thought.

(۱۶) بُدھی / بدھ — Determined thought.

(۱۷) شروتر — Hearing

(۱۸) توک — Sensation of skin.

(۱۹) چکشو — Sight.

(۲۰) رسنا — Taste

(۲۱) گھرانہ — Smell

(۲۲) واک — Expression

(۲۳) ہستہ / ہاتھ — Handling

# توٗتھیا عنصر

کشیر شیو فلسفہ کنہ گو تتھ سہ یُس کائنات چھ قبی مُنہِ ورٕ تہ روز۔
یہ چھُ ہمیشہ پننس اثرس منز موجود آسان۔ یہ چھُ وِیاپک (Per-
vasive) یانے یہ چھُ سارِی یسے منز وِیاپتھ تہ زُوٕ زاتٕ ہیشر ہُنز یاد بناوان۔
یہ چھُ زُوٕ زاتٕ ہُنُد اکھ اہم تہ مولہ حِصہٕ مانِنہٕ یوان۔ یتھ دُنیہس
منز آسہ روزان چھ اکھ چھ وونان ستسکیٚتس منز ــــ پارتھو (بیٚتٕر
ہُنُد Earthly)۔ اکہ چھِ اکہ کنہ پارتھو ونان ترکیاز یہ چھُ بیٚتٕر
ہُنُد بلکہ اکہ منز چھُ بیٚتٕر ہُنُد حِصہ زیادٕ آسان۔ یتھے پاٹھی چھ بیٚین بیٚین
تتن منز کانہہ تتھ زیادٕ آسان تہ کانہہ تتھ کم۔ یم تتھ چھِ واریاہ۔
سانکھ فلسفس منز چھِ پنژہ تتھ تہ شیو فلسفس منز چھِ شیتیہ ترٛہ (۳۶)
دھو فیٚ دِمو آسی شیتیہ ترٛہن تتن ہُنُد فہرست یوان دِنہٕ:

## شیتیہ ترٛہن (۳۶) تتن ہُنُد شمار
## CATEGORIES OF OBJECTIVE REALITY

(۱) شِو تتھ — Principle of universal consciousness

(۲) شکتہِ تتھ — Principle of universal Energy.

(۳) سداشِو وو — State of predominance of power of Knowledge (Jnana-Śakti)

(۴) ایشور وو — State of predominance of power of Action. (Kriya Śakti)

وِپرٛژھ ناؤوِ کرٕمِتو۔ تِم تھٕوٕ تہٕ چھٕ یِم:-

پُرُش[1] (رُوح) پرٛدھان یا پرٛکرٛتی[2] (مادٕی وٕڈانچہٕ) اَنتہٕ کرٕن (اَندریُم زٕہن حِس یا اَندرِیُم باس) کرٕن (ٹیندرِین) منٛز چھٕ یِم ترٛیے یوان۔ مَن۔ بوُدھ تہٕ اہنکار۔ مَن گوو اِنشچِت (ریلہٕ) سوٚنچ۔ بودھ گیہٕ نِشچِت (گٹڈ) سوٚنچ۔ اہنکار گوو پننہٕ پانٕک خیال یا بنا۔ پانٛژھ گیانہٕ (زٕہنی) ٹیندرے (پانٛژھ حِس) شروٗترم (کنٕہ حِس) توٗک (ژٕمہٕ حِس) چکشُہ (وُچھنُک حِس) رَسنا (سادُک یا مزُک حِس) گھرانم (چھوٗنکن حِس) بیٚییہٕ پانٛژھ کرمہٕ ٹیندرے (کارٕ ٹیندرے)۔ واک (وَنُن ٹیندرے) پانٕ (اَتھٕ ٹیندرے) پاد (پکن ٹیندرے) پایُو (مل ٹیندرے) اُپستھہٕ (نرٕ ٹیندرے) دٕہ کارٕیہٕ:- آکاش (خالی جاے) وایُو (ہوا) اگنہٕ (نار) جَل (پونی) پرٛتھوی (زمین) تہٕ بیٚییہٕ یِمَن پانٛژن ہٕندۍ تنماتر (سوٗکھم یا زٕاولی عُنصر) شبد (آوازٕ یا ٹٲرا) سپرش (چھٔہن یوتاہ) روٗپ (روٗپہ یوتاہ) رَسس (رس یوتاہ) گنٛدھ (مُشکے یا ٹٲژ) یِمَن سارِنے ہُنٛد شُمار چھُ پٕنٛژٕہ واتان۔ یِہُنٛد فلسفہٕ چھُ سانکھہٕ شاسترس منٛز وَننہٕ آمُت۔ اَمہٕ پَتہٕ چھِ شیوَن ہٕندۍ کاہ تَھوٕ پیٚنٛچ؛ راہ مایا توٕ پَتہٕ گوشہٕ طاقت۔ یِمہٕ ستیٚن وُچھن والی (Subjects) تہٕ بوزنہٕ یِنہٕ وٲنۍ پداربہٕ (objects) ییٚن بیوٚن بیوٚن ووٚجوٗدس منٛز بوزنہٕ۔ اَمِکو چھُ پانٛژھ انگہٕ یا ورگ:  کلا گیہٕ بیوٚن بیوٚن ہمہ ترٕن ہُنٛد طاقت۔ وِدیا گیہٕ بیوٚن بیوٚن چیزن ہُنٛد گیان۔ راگ گیہٕ دلچسپی۔ نیتہٕ گو جایہٕ ہُنٛد مُوٚحدوٗد کرنٕک تصوٚر۔ کال گوو مُحدوٗد وقتُک تصوٚر یِمہ ستیٚن تَتو تعدادٕ چھٕ بیٚییہٕ پانٛژھ تھٕوٕ تہٕ۔ شِو تتھہٕ شکتہٕ تَھوٕ تہٕ۔ سدا شِو تھٕوٕ تہٕ۔ ایشور تھٕوٕ تہٕ تہٕ شُدھ وِدیا تھٕوٕ تہٕ یِمَن شیٚییہٕ ژٕھن تَتَن ہیوٚر چھُ پرم شِو یُس یِمہ فلسفُک محبوب چھُ ذاتیت

Matter -۲ Spirit -۱

| | |
|---|---|
| Locomotion. | (۲۴) پاد / پوٚد |
| Expelling | (۲۵) پایُہ |
| Function of sex. | (۲۶) اُپستھ |
| Sound | (۲۷) شبد تنماترٛ |
| Touch feeling | (۲۸) سپرٛش تنماترٛ |
| Colour & shape | (۲۹) روٗپ وو |
| Flavour | (۳۰) رس تنماترٛ |
| Odour | (۳۱) گندھ وو |
| Vacuum | (۳۲) آکاش |
| Air | (۳۳) وایُہ / واو |
| Fire | (۳۴) تیجہٕ |
| Water | (۳۵) جلہٕ |
| Earth | (۳۶) پرٛتھوی |

یِم تہٕ بٔتہٕ اَسہِ پیٹھ ییس چھِکَس منٛز دِتی تِمَن منٛز گوڈنِکو کاہ تہٕ بتہٕ چھِ سادارٕن ( ordinary ) عقلہٕ والین ہٕنٛدِ خاطرٕ سیٹھاہ مُشکل سَمجھنہٕ۔ یِم ترٛن تیٚلہٕ فِکرِ ییٚلہٕ اِنسان قوٚدرت کیس زاوِی جارِس منٛز سَپدِ۔ تیٚلہٕ چھُ یِہٕنٛدِ گیٛان سپدُن مُمکِن۔ یِم ساعٔز یرٛآیٔ آچارِیہ ، یِہٕنٛدِس دِماغس منٛز یِتھو سٔنٛز خیال وُٚتھی، اُسو یوٚگہ دٔرشنِکۍ کھوٚن وٲلۍ۔ یا نے تِہٕنٛدِ تصوٗرادِس یوٚگہ سادنایہ سیتۍ شیٚشِکو پٲٹھۍ صاف بنیومُت یُتھ ژٕنِمَن قوٚدرتِکو کرٛشمہٕ ماکایہ باسان آسی۔

یِمَن شیٚلیہِ ژرٛہن توٚنن منٛز چھِ پٔنٛژہ تہٕ بتہٕ سانکھیہ فلسفن

ترٛوٲہِم حصہٕ

# اِنسانی قدرٕ (رۆحانی تہٕ اخلاقی)

وۄنۍ ہیمو اَسہِ پَتہٕ بھینیا فلسفہٕ چھِ انسانی قدرٕ نہٕ بیہ انسانہٕ سُنٛد
روزمرٕ زِندگی منٛز صحی نظریہٕ کِمو ترقی حاصل کرنَس منٛز اہم مقام تھوان
چھِ۔ یِم قدرٕ چھےٚ مختلف۔ رۆحانی، اخلاقی سماجی بیترِ۔ یِم چھےٚ ترتیب وار
یِتھہٕ پٲٹھۍ:

(۱) انسان چھُ وۄمیدو تہٕ خاہشاتو بَرِتھ۔ کٲشِر ہُنٛد فلسفہٕ چھُ
اِنسانَس یِم خاہشاتھ، وۄمید تہٕ تِمہٕ سُنٛد زندگی ہٕنٛدۍ مسلہٕ حل کرنَس منٛز
سیٹھاہ فائدہٕ مند تہٕ مددگار۔ اَمہٕ فلسفکۍ آچاریہ سومانٛد تہٕ اُتپل
دیو چھِ وَنان زِ یہٕ اِنسان چھُ سیٹھاہ ہنٛز شکتی یۆسان زامتَس یِمہٕ قودرتی تِمہٕ سٕے
اندر چھےٚ یِمہٕ شکتیین چھےٚ ترٛیِن ورگَن منٛز وَنِنہٕ آمٕژ۔ یِمن وَنان چھِ اِچھا
گیان تہٕ کرِیا۔ یِمن ترٛیِن شکتیین ہُنٛد زادہِ جارٕ زانُنہٕ تہٕ پننِہ زندگی ضبطَس
(Discipline) منٛز تھاوِتھ بیٚیہِ یِمن شکتیین ہُنٛد صحی استعمال
کرِتھ چھُ اِنسان ترقی ہٕنٛدِس مَنٛزِلَس منٛز بڑوٚنٛتھ بڑوٚنٛتھ نِکان تہٕ چھُنہٕ
یِتھہٕ زندگی منٛز مویوسی ہٕنٛدِس چکرس منٛز پھسان۔ اَمہٕ فلسفہٕ منٛز چھُ سیٹھا
زٲوِجار لبنہٕ یِوان۔ اَمیُک سۆ اَنتیر واد چھُ یِتھہٕ کُنِتھ پیٹھ زور دِوان زِ
اِنسان چھُ سارِسے پانےٚ ہرتا کرتا۔ یا نےٚ سُہ چھُ اشرفُل مخلوقات۔ سُہ چھُ

یانے توہ تونِشہ بالاتر۔ یِتھہ مضمونس سیتی یِم دلچسپی تھوَن والی آسَن
رَٹھ پانے تَر یہ یِتھَد درجُک فلسفٕہ فِکرٕ۔ مگر تِمَن پَزِیہ امیُک سوّن مُطالہ کرُن۔
اَو موہ کِچھ کرَو اُسی یِمَن پاٹھَن توتَن ہُنَد مُختصر پاٹھو تذکرٕ۔

شِوتوَتھ چھُ کائیناتُک ظہوُر چہ عِلِہ مَنٛز گوڈنیُک قدم۔ یہ تووَتھ چھُ
رِچھن حاتر (Pure Light of Intelligence) یانے خالِص
تولُہ۔ امہ حالتُک ہُنٛد تجربہ چھُ خالِص 'بہ' 'چھُس' وراے تِکیاز
چھُس لفٕظ چھُ کُنہ سیتی تولُق ہاوان۔ شِوتوتس مَنٛز چھہ باقے ساری توَتھ
تہٕ موجوٗد آسان۔ مگر تِم چھہ دُبِتھ روزان یِم باقے توَتھ تَل رٹنیچ کام چھُ شکھتی توَتھ
انجام دِوان۔ مگر شکھتی توَتھ تہٕ وراے ہیکِنہٕ شِوتوَتھ ظہوُر لبِتھ۔ اَوٕ کنہٕ چھُ یہ
شِوتوَتس سیتی ظہوُر لبان تہٕ اَکھ سیتی گُنٛے آسان۔ اَوے چھُنہٕ یہ تُوتھ بیوٗن
گنٛزرُن چھُے۔ امہ کنہٕ پَزِ اَسِہ 'شِوتوَتس' 'شِوشکھتی توَتھ' ناو دیُن۔ شکھتی توَتس بیٛتھ
چھُ آنند (Bliss) توَتھ غالِب آسان۔ اِیشوَر توَتھ۔ یہ چھُ کائینات کِس
ظہوُرس کُن ترٕیِم قدم تہٕ گیان شکھتی چھِے امیُک غالِب عنصر۔ اِیشوَر توُک
مطلب چھُ ظہوُر۔ اَتھ چھِ 'اُنمیش' (Opening Out) وَنان تِکیاز عالَم
چھُ امہ مَنٛز نیران۔ سدا شِوتوَتس مَنٛز چھہ ساری ظہوُر (Manifestations)
لے (جذب) گژھان۔ یِتھہ پاٹھو چھہ وہراونہٕ سیتی سورُے نوٚن نیران چھُ تہٕ وٹنہٕ
سیتی سورُے وُچھِتھ گژھان چھُہ۔ تِتھے پاٹھو چھہ نیبر نوٚن نیرنکِس توَتس اِیشوَر
توَتھ وَنان تہٕ تمہ کِس ستَہ نِس سدا شِو توَتھ وَنان۔ سد ودیا توَتھ۔ یہ چھُ
ژوٗرِم قدم تہٕ اَتھ اندر چھِے کِریا شکھتی بطورِ غالِب عنصر کام کران۔ سد ودیا
توَتھ یا شُدھ ودیا توَتھ چھُ 'بہ' 'یہ' یِمَن دون ہُنٛد آدار (Subs-
trature)۔ یِم توَتھ چھہ شِوہ پادا گیشہ نِنہٕ یوان۔

کیتہٕ ہیٚنٛد عٲلم وِدوان زِ اِنسانس چھےٚ پانس اَتھہٕ پننیوٗ عمل یا سیدھی۔ سوٗ کیا
گیہٕ؟ یتھہٕ سیٖتؠ اِنسانس ہمیشہٕ خاطرٕ زندگی منٛز شانٛتی یا سوٗکھ لبنہٕ روز
پیتہٕ چھہٕ اِنسانس پننیٚن اَتھن منٛز زِ سہٕ نیٚیہ پنُن پان تباہی یا بوٗر بادی کُن۔
اگر اِنسان جان یا ناکارٕ کرنہٕ خاطرٕ خودمختار چھُ۔ مگر یہٕ فلسفہٕ چھُ تمس راکھسی
یا شیطٲنی رُجحانہٕ تہٕ خرابیو نِشہٕ بچاونہٕ خٲطرٕ تہٕ ضبطکیٚن اوٗصوٗلن کُن پکہٕ
ناوان۔

## پتھرتہٕ بھجنیا فلسفس منٛز ساتن یا اَبدی قدرٕ۔ سارِنٕے زِندگیس منٛز اَمُن تہٕ اِنسانہٕ سٕنٛز آزادی تہٕ بجر

یتھہٕ فلسفس منٛز چھہٕ آچاریو یمن قدرن مُتعلق یم ترٛٮ۪ے واکیہٕ
(وٕوپدیش) وٕنی متھ : (۱) سروٗ شِوتا[1] सर्व शिवता اَمیُک
مانے گوٚ زِ اَمہ پٲٹھی ساری اِنسان دیوروٗپ (Divine) تہٕ متبرک
مانیٚنہٕ یا نے لوکٕٹ تہٕ بوٚڈ۔ اَمیر تہٕ غریب۔ تِتھٕے زاتہٕ ہیٚنٛد تہٕ لوکٕٹ زاتہٕ ہیٚنٛد
یِم ساری پٲٹھی اَکہٕ رٲژ حٲنی لِنظرِ کٔنٛزو چھنہٕ۔ یتہٕ زِ غریبس پیٚیہ بیقدری
کرنہٕ تہٕ اَمیرس پیٚیہٕ جی جی کار کرنہٕ۔ (۲) سروٗ سمتا[2] सर्व समता
اَمیُک مانے چھُ سارٕے اِنسان ہُنٛز زِندٕگیٖہ عمل چھےٚ برابر۔ چاہے سہٕ اَمیر
سیٖنٛد گرٕ زیٚو یا غریبہٕ سیٖنٛد گرٕ زیٚو چونکہ یِم چھہٕ اُسی عظیم ہستی
(ایشورٕ) سیٖنٛدی پیٚدٕ یتھہٕ کاینٲتس منٛز یوان۔ اَمہ خیالہ موجوب چھہٕ اَمہ
ساری اِنسان برابر مانٕنہٕ تہٕ تِمن سیٖتؠ برابری ہیٚنٛد ورتاو کرُن۔

---

[1] Divinity (dignity) of mankind.
[2] Equality & universal brotherhood.

پننہٕ زندگی ہُنٛد، پننہٕ دُنی ہیٚنٛک تہٕ پننہٕ مُستقبلُک پانہٕ بناوُن وول زِیم چیز بناونہٕ خاطرٕ چھُ قدرتن تمِس منٛز صَحی اِبچھا شکھتی تہٕ صَحی گیانہٕ شکھتی تہٕ صَحی کرِیا شکھتی ہیٚنٛدی خزانہٕ بخشیمتۍ۔ ییم خزانہٕ چھِ اِنسانس پانس اندرۍ اُسِتھ۔ اَوٕ کِنۍ گیاہ چھُ ضروٗری زِ تمِس نیٚبرِ مِنٛز وَتہٕ دریٚنہٕ پھیرُن۔ یہ چھُ کشیٖرِ ہیٚندِ فلسفُک دانہٕ ہُنٛد اعتقاد۔ اَمہِ کِنۍ مُوجوٗب یُس اِنسانس تمنّا تہٕ ارمان آسن تِم ہیٚکن تمِس پنٕنۍ خزانو سیٚتۍ پوٗرٕ پٮ۪یدٕ گژھِتھ۔

پرٛتہٕ بھِجنیا فلسفُک آچار یہ چھُ اِنسانس ییمہ کتھہ ہُنٛد تسلی نیٚبین لفظن منٛز دِوان۔ یمہِ ہُنٛد کاشُر ترجمہ چھُ : " پرٛتہٕ بھِجنیا چھیٚ سارِنۍ خزانن ہیٚنٛدِ حاصل کرنُک ذرٕ یہ "سمت سمبت سم اوا پتہٕ ہیٚتیمُ" (اُتپل دیو)

دوہٕ نی دَنہٕ آچارین کتھ خزانہٕ دوٚن یُس اِنسانس پرٛزکِنٛ۔ آچارُن چھُ اکھ منٛز اشارہٕ کہِ ذرٕ یہ یہ وَنان زِ خزانہٕ گو سُہ یُس اِنسانہٕ سٕنٛزِ زندگی ہُنٛز سارِوی کھوتہٕ بُڈ قدر (Value) تہٕ مقصد آسہِ۔ سُہ خزانہٕ نہٕ زانِنہٕ کِنۍ چھُ اِنسان دوہٕ کھَس تہٕ غمَس منٛز وَلنہٕ یِوان۔ چاہے تمِس لُکن ہُنٛزِ نظرِ کِنۍ سیٹھاہ دولت تہٕ جاداد آسِہ۔ عام اِنسان چھُ نیٚبرِمِس ہاوِ باوس منٛز پِھتھ دوہ کھَس منٛز یِوان۔ تہٕ ییٚیس وُچھِتھ چھُس تماہ پانہٕ گژھان زِ کاش میٚ تہٕ آسِہا یوٗت دولت ہُنٛدا۔ اُسہِ چھِ برٛمس منٛز یِوان زِ یہ کینٛژھا چمکان چھُ تہٕ گو سُون:

**All that glitters is gold**

پرٛتہٕ بھِجنیا چھیٚ اَسہِ اَمہِ کتھہ ہُنٛز زیٚنہٕ وَن دِوان۔ سُہ چھِنہٕ کتھ۔ بلکہ اَمہِ زیٚنہٕ وَنہٕ سیٚتۍ چھُ انسانس سارِے تمنا پوٗرٕ نیتھ ییٚتھ زِ ارمان ییم اِنسانس دوہٕ کھَس کُن نِوان چھِ۔ مُختصر چھُ یہ فلسفہ ییمہ۔

پأٹھٕ چھُ اَمِیُک مُلا ’’وِشوٗ شانتی‘‘ یا نَے عالمُک امن۔

اَمہِ فلسفُک تصوُر چھُ یِنُ یِتھٕ پأٹھٕ پیٚٹھ ناوُن زِ یِمو زٕنٛیُن طاقت زأنِتھ ہیٚکہِ اِنسان پنٕنیِن پوٗشیدٕ قوتن ٹھیٖکہ پأٹھو استعمال کٔرِتھ۔ اَمہِ فلسفہٕ موجوب چھُ اِنسان پنٕنہِ قِسمتُک پانہٕ بناوُن وول۔ سُہ ہیٚکہِ ناکارٕ عنصرن مولہ موکلٕچ کأڈِتھ تہٕ پننِہ زِندگی پرٛیمٕہ رنگٕ خوشحال بنأوِتھ۔ یہ فلسفہٕ چھُ اَتھ کتھہِ پیٹھ زور دِوان زِ اِنسانَس چھِ پننہِ زندگی کامیاب بناونہٕ خاطرٕ سیٹھاہ کوٗشش کرٕنی۔ جنیشٕہ ایتنہ سِند دھیرتم‘‘ (ڈاپتل دیو) →

پرٛتہ بھجنیا فلسفُک تہٕ چھُ اِنسانہٕ سُند سوٗن مطالعہٕ کرُن۔ یہ فلسفہ چھُ اِنسانہٕ سِندِس تخلیقی طاقتس ہُرراوان تہٕ ژٔلُن وادس (Escapism) مخالفتھ کران۔ دراصل چھُ یہ منُشہ وادُک فلسفہٕ (Philosophy of Humanism)

*(پرٛتہ بھجنیا فلسفُک ہیومنزم)*

تِکیازِ یہ چھُنہٕ اَکس اِنسانَس تہٕ بیٚیس اِنسانَس منٛز کُنہِ قسمُک فرق ہاوان۔ پیٚمہِ فلسفہٕ موجوب چھُ اِنسان پنٕنہِ خاطرٕ اَکھ دُنیا بناوِنس منٛز پوٗرٕ پأٹھی خود مختار۔ سُہ ہیٚکہِ اَکھ خوشحال تہٕ جان دُنیاہ بنأوِتھ۔ یِتہِ امن تہٕ سوکون آسہِ۔ سُہ یہ ییٚژھِ تہٕ ہیٚکہِ سُہ کٔرِتھ تِکیازِ سُہ چھُ خود مختار۔ خود مختارُک مطلب چھُنہٕ یِیتھٕ یہ زِ اِنسان گژھِ یِلہِ تہٕ یہ خوشی کرِیس تہٕ کرِ۔ خود مختأری ہُند مانے چھُنہٕ ’’یلہٕ گی‘‘ بلکہِ اَمیُک مانے چھُ ربط ضبط (Discipline)۔ یہ فلسفہ چھُ اِنسانَس صحی فکرِ مَس کُن لگاوان تہٕ اَمِس منٛز سائینسی نظریہٕ بڈراوان۔ اَمہِ کِنہ چھُ یہ پننہِ پاریٚجأیی تہٕ بیٚیہِ شینز پاریٚجأیی کاتِچھان۔ اَمِس چھِ تنگ نظرِ دوٗر گژھان تہٕ ساری لوکھ چھِس پننی بامان۔ ساریے جگتہٕ رأتھ چھِ بیون

---

1. Vasudhaiva Kutumbakam.

(۳) سروسوا اننتیرٔ سارِنی اِنسان چھ قدرتہٕ پیٹھٕ آزاد آمتہٕ کانہہ چھنہٕ کانٛسہ آویز۔ کانہہ ہیٚکہٕ نہٕ کانٛسہ پیٹھ ظلم کٔرِتھ نہٕ کانہہ ہیٚکہٕ بنِتھ ظالم تہٕ کانہہ ہیٚکہٕ روٗزِتھ مظلوم۔ کانہہ ہیٚکہٕ کانٛسہ ہُنٛد روزگار یا حق نکھیپہٕ نِتھ۔

(۴) سارِوے کھوتہٕ تھوٚد اُصوٗل چھ وِشو شانتی (World Peace) یہ اُصوٗل روٗد نہٕ صرف اُپنِشدن ہٕنٛدِ وقتہٕ پیٹھٕ بلکہ مہابارتُک وقتہٕ پیٹھٕ ہِنٛدُستانہٕ کِس تہذیبس تہٕ تمدُنس پیٹھ چھیر دوان۔ وِشو شانتی کتھٕ سارِوے عالمس منٛز امن یا شانتی کاژھُن۔ کانہہ قوم یا اِنسان گژھہٕ نہٕ تیٚتھ قدم تُلُن یٕمہٕ سٟتۍ بیٚیٚن دُنیہس اشانتی پھٲلِہ یا بدامنی ہُنٛد زال پھٲلِہ۔

انسٲنی قدرن مُتعلق یم خیال یٕمو فلسفن پیش کٔرۍ تم ذہنس منٛز تھٲوِتھ پٲٹھۍ ییٚنہٕ خاطرٕ چھے یمن خیالن ہُنٛد تُہٕنے کُنہِ دوان تہٕ یتھ پٲٹھۍ چھے تریہ بھجنیا یتھ وانیچ پیدان پٕرتہٕ بھجنیا فلسفہ چھ اَکھ اہم فلسفہ یُس اِنسانہٕ سُنٛدین مسلن حل کرنس منٛز سیٹھاہ مدد دوان چھُ۔ یہِ تہٕ سٟتۍ چھ اِنسانن ہٕنٛدین روٗحٲنی قدرن پیٹھ تہٕ زور دوان۔ پٕرتہٕ بھجنیا لفظُک مانے چھُ سیٹھاہ وسی۔ یتھ پٲٹھۍ چھُ اَمیُک مانے زان یا پرزٕناوُن۔ یہ زان چھے شٲعرٕ تجربٕچ، علمٕچ تہٕ پننٕ پان پرزٕناوٕنٕچ زان۔ یعٚنی چھُ یہ سوال وُوٚتھان زِ۔ اَسہِ کیاہ چھُ زانُن لایق تہٕ کَمہٕ مقصدٕ خاطرٕ چھُ زانُن؟ اَسہِ چھے اَکھ نوٚو وَتھ ژانٛن یوسہٕ ییٚنہٕ خاطرٕ تہٕ چھے رٕژ تہٕ بیٚیمہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ تہٕ۔ یٕمہٕ سٟتۍ اَسہِ پانس تہٕ واتہٕ سعو کھ تہٕ بیٚیس تہٕ واتہٕ۔ اُپنِشدن ہُنٛد

---

a Liberty of all or Freedom of man.

# ایشورُن سُند تصوُر CONCEPTION OF GOD

پرٛتھ بٕھجنیا فلسفہٕ موٗجوٗب چھُنہٕ ایشور سعہ رگہ لوکس (جنتس) منٛز روزان۔ سُہ چھُ پرٛتھ ڈُنٛیہس منٛز پرٛتھ وِز روزان تہٕ پرٛتھ جایہ چھُ تمیُک سُند جلوٕ ڈرٛشٹہِ یوان۔ سُہ چھُ انسانہٕ سٕنٛدِس وُجودس (Self) منٛز روزان تہٕ چھُ سارِنے لوکن تہٕ ذٕرہ ذرٕہ ژن منٛز روزان۔ امہ خیالہٕ کِنہِ اگہ انسان بیٛیس (یُس پرٛتھ ذرٕ اصلی وُجوٗد چھُ) خاطر زانہِ سعہ چھنہٕ تمیُک پیشٕر غلطی۔ یانے یم ساری انسان چھِ اکس ایشور سٕنٛدی نسبل یا بیٛنھ یا ٹھٕکُر ساری انسان چھِ تمیُس دِوہ گالی سٕنٛدی گبر تہٕ اکھ اکیُک سٕنٛد بایہِ۔

امہ خیالہٕ موٗجوٗب چھےٚ بیاکھ حقیقت وٕنٛلان۔ سعہ حقیقت چھےٚ یہِ زِ ساری زیو آتما (Individual soul) چھِ قدرتی طور تمہ عظیم ہستی (مہیشور) ہنٛز حِصہٕ۔ تمی سے چھُ پنُن دِوہ روٗپ (روٗحانیت) ننان ییمہِ پنُن یان آسہ قوبوٕ کورمُت تہٕ ییمہ پنٕنہِ زندگی آسہ پاک تہٕ شوٗد تھوٗ منٛز۔ ییٚتھۍ سے پانٕے انسانس چھُ پنٕنہِ آتمِک (روٗحٕک) شوبٕر (Beauty) تہٕ متبرک صِفت ظاہر سپدان۔ ییٚتھی سے انسانس منٛز چھُ خُدایہ سُند روٗپ پرٛزلان۔ تہٕ ییٚتھے رٕت انسان بنُن چھُ پرٛتھ بٕھجنیا فلسفُک اصلی مقصد۔

اگرچہ دُنٛیہس منٛز ییٚمہ فلسفہٕ کہ اثر کِنہِ انسانہٕ سٕنٛدِس ورتاوس تہٕ اَمہ سٕنٛزِ خصلژ منٛز تبدیلی ییٚیہِ۔ اریشد گھوشنہ وَننہ کِنہِ بنہ دُنیا منٛز سعہ رگہ لوٗک۔

پرٕوارٕ۔ یہ جذبہٕ چھُ اَمِس منٛز وونلان۔ نہٕ سورُے کاینات[1] چھُس عظیم ہستی ہندِس رۆپ باسان۔ ییٚتہٕ پأٹھۍ چھُ اَمِس مَنَس منٛز سرواتمہ بھاو گنان۔ آزأدی، برابری تہٕ بأے بندٕٹ یا بأے چارٕ یِم چھِ دُنیہِ کینٛس ترقی یافتہٕ مُلکس اہم نارٕ۔ آزأدی تہٕ برابری یا یکسانٛیتھ ہیٚکہٕ نہٕ اَسہِ توٚتانٛی حأصل کٔرِتھ ییٚتانٛی نہٕ دُنیہِ ہس منٛز ہیلہٕ ژارٕ کٔرِتھ جز بعض پوچھر لگہٕ پرٕنہٕ بھجینٛیا فلسفہ چھُ یوٚہے پأٹھام ہیٚمنہِ لفظن منٛز دِوان۔ سرو سواتنتر یانے سارِنے ہنٛز آزأدی تہٕ سروسمتا یانے دُنیہِ ہیٚنک ہیلہٕ ژار۔ دراصل چھُ یہٕ فلسفہ ذات پانٛچھ تہٕ چھوٚت چھاتکو بندن ژٕٹان تہٕ جوٚ جھوکنٛیٚس پوچھر دِوان۔ یہٕ فلسفہ چھُ سہٕ شد ییٚش دُنیہِ ہس دِوان ییٚس اَسہِ اپنشواسیو پنشدس منٛز لبان چھِہ[2]

---

۱۔ اِشوا تمیو سروَ جنتوٗ نام ایکہٕ ایو مہیشوٗرٕ۔

۲۔ یَستہٕ سروانہٕ بھوٗتانہٕ آتمہ نیوانُہ پشئتہٕ۔
سروبھوٗتیشہٕ چاتمانم تتونہ وِجگُپسَتے ॥
یسمن سروانہٕ بھوٗتانہٕ آتمیوابھوٗد وِجانتہہ۔
تتٕر کومو ہہ کہہ شوکہٕ ایکتوٗم انُپشیہٕ تہہ ॥

مانے: یُس ینٛس پانَس منٛز سارِنے زُودأرٕن تہٕ ینٛس پان سارِنے زُودأرٕن منٛز وُچھان چھُ تیٚتھ اِنسان چھُنہٕ کانٛسہِ ہُند ظُلم کانٛچھان۔ ییٚلہٕ زِ سہٕ چھُ یہٕ زانان زِ سارِے زُو ذاتھ چھےٚ تیٚمی سٕندۍ رۆپ۔ اَتھ حالتس منٛز کیٚتہٕ آسہِ کانٛسہٕ دوٚکھ تہٕ دود۔

بیٚتھِین آیہٕ ہیٚمہٕ قدرٕ وِستارٕ سان وِرٕچھناونہٕ۔ ییٚمیا زٕ یہ چھُنہٕ نہٕ یتہٕ شاستر
(Ethics) یہ چھُ فلسفہٕ ہُنگرٕ ہیمُن فلسفہ کین اُصولن مٔنز چھ ییم نہٕ یتہٕ ہیٚنہٕ
یانے اخلاقیکو اُصوٗل یانے ثاگیمہٕ گژھان۔

شیوٕمتکو پاٚرٕ کارٕ چھ ایشورٕ سٕنٛز بگتی تہٕ پرٛیمس ییتھ سیٹھاہ زور دِوان۔ یہِنٛد اثر چھُ پَتہٕ بجنِیا فلسفہِ کِہن آچارٕیَن ییتھ سیٹھاہ گوٚن ہیوٚمُت۔ تِم آچارِیہ اُسی فلسفہٕ دان اُسی تہٕ ایشورٕ سٕنٛدی بگت۔ تہٕ تِہنٛز نظریہ گِرٕ چھِ بگتی روٗحانی تَرٛقی مَنٛز اکھ تھوٚد مُقام تھوان۔ تِمَو چھےٚ بگتی یا ایشورٕ سٕنٛد پرٛیم لوٗکَن ہٕنٛز سیوا مانٛنہٕ ہٕژ۔ بگتی چھےٚ تہٕ لوٗکَن ہٕنٛز سیوا آسہٕ۔ یُس بگوانس سیتی پوٚز پرٛیم کران چھُ سُہ چھُ ساریٖنے سیتی پرٛیم کران تہٕ ساریٖنے ہُنٛد رُت کانٛچھان تہٕ ییٚچھ ساریٖنے سمہ دٕرشٹی (ہِشی نظر) کِنہِ وُچھان۔ تِمَو سٕنٛدِس مَتَس مَنٛز چھےٚ نہٕ کانٛسہِ ہٕنٛز دٕیے آسان۔ نسلی امتیاز تراوِتھ چھُ سُہ ساریٖنے سیتی رُت رَتاو کران تہٕ پرٛیتھ اَکِس لول بَران۔

آچارِیہ ابھنو گُپتن چھُ شرِی مد بھگوت گیتا یہِ ہِنٛدِس گوڈنِکِس شلوٗکس ٹیکا (تفسیر) کَران یہِ خیال ہوٚوُمُت زِ انسانس چھےٚ قودرتی دوٚیہ قسمٕچ فِطرتھ آسان۔ اکھ گَیہٕ جان تہٕ بیاکھ گَیہٕ ناکار۔ جان فِطرتھ گَیہٕ پانٛڈو تہٕ ناکارٕ گَیہٕ کورو۔ در اصل چھُ اِنسانہٕ سٕنٛد باطن مُتبرک مانٛنہٕ آمُت۔ امہِ کِنہِ آو ییتھ شلوٗکَس مَنٛز 'دَھرمہ کشیترے' یانے دٔرٕچ یا پزٕچ جاے وَنٛنہٕ۔ دٔرٕچ جاے چھےٚ باطنٕچ (انتہکرنٕچ) جاے۔ یُس باطن شوٗد تہٕ صاف چھُ۔ یوٚدوَے انسانہٕ سٕنٛد باطن رُت یا شوٗد (ملہ روٗس) چھُ نو تہٕ چھُ امہِ مَنٛز یِمَن دوٚن فِطرتَن پانہٕ وانٛی جنگ سپدان۔ ییتھ باطھین کورَوَن تہٕ پانٛڈوَن پانہٕ وانٛی جنگ سپدِ۔ مگر امہِ لڑایہ مَنٛز گژھہ قودرتی طورٕ رٕژ فِطرتھ کامیاب تہٕ ناکارٕ فِطرتھ ہارِ۔ یوٚہے میار اگر انسان ذہنَس مَنٛز تھاوِ تہٕ رٕژ فِطرتھ نِیہ تِمَس ہنوٗرٕ وٚر کامیابی ہِنٛدِس مَنٛزلس کُن۔

بڑوٚنِمہِ کِہ ناوٕنس مَنٛز اَتھ ڈیٛٹ۔ شرٛیٖ اَنمہِ ہِندی مَنٛز وُوٚنہ یٖیتہِ تھدٕ پایک
شاعِر یٖمیس جگدھر بھٹ ناو اوس۔ اَمیٚ کٔر 'ستُتہِ کُسُمانجلی' ناوٕچ کتاب تصنیف
یہِ چھےٚ اَکھ بھکتیہ کاوِیہ (Devotional Poetry) اَتھ مَنٛز
چھُہ شِوٕ سُنٛد بجرٕ وِہُرٕ ہناونہٕ آمُت۔ لوٚدوٕے یہِ چھےٚ نہٕ فلسفِیانہ تصنیف
مگر آمیتک درجہ چھُنہٕ بھچہٕ ہاوس مَنٛز کم گیٛنہٕ۔ اورنگ زیب سٕنٛدِس
دورس مَنٛز یانے سَنہ ہِندی مَنٛز وُوٚنہ یٖیِنہ شری صاحب کول یٖمیٚ شیو
شاسترس پیٹھ 'کلپہ ورکشہ پرِبندھ' بیسترٕ کتابہ لیچھ۔ یہِ کتاب چھےٚ ریسرچ
ڈیپارٹمنٹس مَنٛز موحفوظ۔ پٹھان دورس مَنٛز یٖیلہ سُکھہ جیوٚن کٔشیرِ ہُنٛد
گورنر مُقرر کرنہٕ آو۔ اَتھ وقتس مَنٛز لیچھی شِو وپادھیاین 'وِگیان بھیرو'
پیٹھ تفسیر۔ اَمیٚ لیوٚکھ 'شرٛی ودیا' ناوُک گرنتھ (کتاب) تہٕ۔ اَردائی چھ
ہِندی ہِندِہ بھاسکراچارین لیچھ 'ایشور پرتیہ بھجنا ومرشنی' پیٹھ سہل
تفسیر یُتھ ازکل 'بھاسکری' وَنان چھ۔ اَمہِ علاوٕ چھ اَمیٚ 'للہ واکھ' تہٕ
سنسکرت نظمن مَنٛز لیکھی متھ۔ بیٚیہِ چھےٚ اَمیٚ شیو نظریہ مُطابق یوگ واسشٹھس
پیٹھ تہٕ ٹیکا (تفسیر) لیچھ مژ۔ شیو ناگارجُنن چھ نہٕ فلسفِیانہ ستوتر
(Hymn of praise) میلان (۱) جیتہ سنتوش ترمشکا (۲) پرمار
چرچن ترمشکا۔ اَمِس ناگارجنس متعلق چھُنہٕ ثبوتہٕ پاٹھی کینہہ معلوم زِ یہِ
کتیک اوس۔ ییمنٕے پاٹھی چھےٚ کمس تانٛی کالیداس سٕنٛز — چِدگگن چندرِکا
تہٕ دیرگھ پاکشہ ناتھ سٕنٛز ورد و پاکشہ پنچاشکا۔ یم دۄ شوٕے چھےٚ شیو ستوتر۔
یتھ پاٹھی ہیوٚو یہِ فلسفہ یٖیتہ سیٹھا مقبول تہٕ اَمہِ فلسفک اثر پیو سنسکرت
عالِمو علاوٕ یٖیتہ کینٛہہ گوہ نہٕ مانتی مُصنفن تہٕ ادیبن پیٹھ تہٕ ویزویز۔ کاشُر
ادبُک گوڈنیُک نموُنہ چھُ 'ستہ کنٹھٕن' مہانے پرکاش' مانہہ لوان۔ اَتھ

---

۱۔ ڈُنٹ نوٹ بڑوٚنِمس صفس پیٹھ )

# کٲشِرِ ہِندِس لُوکن پېٹھ شیو فلسفُک اثر

شیو فلسفُک زٕنٛم سپُد کٲشِرِ منٛز اٹھمہِ صدی پېٹھ بُہمہ صدی تانۍ۔ اَتھ سعو نہرکہ دورس منٛز وُتھۍ تھَدِ پایہِ کۍ شیو شاسترکۍ فلسفہ دان یِمَن منٛز وسُگپت آچاریہ سومانند اُتپل دیو تہٕ ابھنوگپت ہٮ۪کنہٕ لایق چھہ۔ یِمو ثابت اوس کوٚرمُت فلسفس زٕنٛم یِتھ کٔشیر شیو فلسفہٕ وَنان چھہ۔ اَتھ طویل دورس منٛز کوٚڈ اَمہِ فلسفَن یٮ۪تہِ سیٹھاہ کاڈ تہٕ پھٲلیو ژھہ پأری۔ دِیان تریمبکا دِتہٕ نیچو سنگما دِتیہ کوٚر اٹھمہِ صدی منٛز یٮ۪تہِ شیو فلسفُک پرچار تہٕ تریمبکہٕ مٹھکا ناوُک اَکھ سوٚکول قایم۔ اَمہِ سۭندِ برونٛہہ اوس نہٕ کانٛہہ شیو فلسفہٕ کٔشیرِ منٛز بارسس آمُت۔ سنگما دِتیہٕ پتہٕ بنیو تمہٕ سُند نیچُو ورشا دِتیہ تمہٕ پتہٕ تُسُند نیچُو اُرنا دِتیہ۔ اَمہِ سۭندِس نیچوس پتہٕ شری آنند۔ اَمہِ پتہٕ سوما نند۔ یِتھہٕ پأٹھۍ بنیو یہِ سوٚکول یٮ۪تہِ سیٹھاہ مشہوٗر۔ اَمہِ تریمبک سوٚکُلن واہراو ژھہ پأری لنگ لنچہٕ وُنۍ کینٛہہ نہٕ چھہ اَمہِ ذأژ ہنٛدۍ واریاہ یٮ۪تہِ لُکھ بسان۔ یِتھہٕ پأٹھۍ روٗد اَمہِ فلسفُک سِلسِلہ پُشت در پُشت بُہمہ صدی تانۍ جأری۔ اَمہِ کِم آخری آچاریہ بُہمہ صدی منٛز روزان اوس تم اوس اَمہِ فلسفُک تفسیر کار یا وہیہ پہ دیشک۔ تمَن منٛز چھہ یِم زیُو ہیٚنٛو لایق۔ کھیم راج۔ یوگ راج تہٕ جے رتھ بیتر۔

بُہمہ صدی پېٹھ روٗد یٮ۪تہِ کین لوٗکن منٛز اکیُک مطالہ تہٕ تحقیق جأری تہٕ الگ الگ دورن منٛز وُتھۍ بٔڈۍ بٔڈۍ سنسکرت عالم یِمو یہِ فلسفہٕ

## کٔشیرِ منز سیاسی تہٕ روٗحٲنی اِنقلاب دوٚ ہمت۔

یہ اوس سہ دور ییلہ کٔشیرِ منز اکھ نوٚو فلسفہٕ ژھنہٕ پیو۔ اَتھ فلسفس چھہ صوٗفی فلسفہٕ وَنان۔ یمیُک زٕ اَتھ وقتس منز آیہٕ ہمتہٕ بڈی سادات تہٕ تِہندی پیٚروکار ایرانہٕ پیٹھہٕ کٔشیرِ منز روزنہٕ خاطرٕ۔ قدرتی طور یِیہِ ہندو فلسفہٕ کین شٔستن تہٕ رٔیشن اِسلٲمی فلسفہٕ کین صوٗفی یابن سیتؠ پانہٕ وٲنی میلنُک اتفاق۔ تِمو کوٚر پانہٕ وٲنی فلسفیانہٕ خیالن ہُند تبادلہٕ۔ یِتھیٚ پٲٹھؠ یہِ اثر پیوُ زٕ یِمن دۄشوٕنی فرقن بٲسیوو زٕ سانٛی خیالات چھہ پانہٕ وٲنی ہیوٚی۔ تہٕ تِمو کٔرؠ اکھ اکِس ہُندؠن خیالاتن تسلیم۔ امیُک نتیجہ دٕراو یہِ زٕ دۄشوٕنی ورین ہُند سنگم یا میلہٕ ژار یِیس تو یُس کٔشیرِ منز اکھ نوٚو سوٗکال پاد۔ یُس انسٲنی قدرن ہندِس بنہٕ ہِس یا نظرِیہٕ ہِس پیٹھ وجودس منز آو۔ یہ گوٚو انسٲنی قدرن ہُند سوٗکال۔ امہٕ سیتؠ تیِیہ ہِندین ہِندہ بہ تہٕ مُسلمانن ہندِس جذبس منز تفریق دوٗر۔ یِم آیہ پانہٕ نکھہٕ نکھہٕ تہٕ دِیے ژاوِتھ کوٚرکھ پانہٕ وٲنی اکھہٕ واس۔ یمیُک زٕ دۄشوٕنی ورین ہندی خیال آسہ ہیوٚی۔ اگر آسہ فلسفہٕ کِس ژاوی جارس کُن گژھو تہٕ آسہ والو اتھی نتیجس پیٹھ زٕ سانیٚ فلسفن: سنیو فلسفکو۔ یوگکو۔ ویدانتکو تہٕ صوٗفی بیترِ فلسفن ہندی اصوٗل چھہ کُنی مثلن:

(١) اللہ چھہ کُن۔ تِہنز ذاتھ چھےٚ ساروِنی ٹھٔز تہٕ سے چھہ کٲینات آگُر۔ خودایہ سٕنز ہستی چھےٚ نہٕ حد۔ اکھ ہستی یٔسند وجود تہٕ حیات ہیکو نہ اکھ اکِس نِشہ الگ کٔرِتھ۔

تصنیفہِ منٛز چھُ اَسہٕ شیو فلسفُک ٹاکارٕ ثبوت بوچھنہٕ میلان ۔ اکھ کینٛہہ بند چھِ پیشِ خدمت:

(۱)

پرم شیوس پرشوتس شیچی
پھٹم سپنٛداو نِگٛہاتہٕ
گیگما اُدِتہٕ سدا شوٗرچی
سو ورشو ہیچ نادس اُگھاتہٕ (جہانے پرکاش صفحہ ۲۵)

(۲)

یُس یُس جنتس سموٗد یس یس
ہیل پیپ مُکھ دُکھ سروٗپ اپنیلہٕ پیتہٕ سع کھ دہ کھِ سورٗوپ
وُدیس (وہ دیس) دتہٕ سمانی سم رس
کم کمپین تس تس انہٕ روٗپ (جہانے پرکاش ۳۸)

(۳)

آدِ کوٹ مجیا اوسانا
تس تس نیانس جبوٗنک اشت
شرشٹ ستھتہٕ سمہار یو جانا
آدِ انت ستیک وشت (جہانے پرکاش ۴۰)

اَمہِ پتہٕ ییِٚلہِ اَسہِ ژوہ داہمہِ صدی منٛز قدم تھاوان چھِ ۔ اَمہِ وِز کم حالاتھ گیہِ کشیرِ منٛز پاد ۔ اَمہِ خاطرٕ چھِ اَسہِ تواریخی پس منظرس ساام ہیٚنٛو ضروٗرٕ ری ۔ تواریخُک مُطالعہٕ کرنہٕ سیتۍ چھُ یہ فکرِ ژان زِ تیمہِ وقتہٕ اوس

(ییٚتھ صفحُک فُٹ نوٹ:) شِتہٕ کنٛہ چھِ ژوداہمہِ صدی ہُنٛد کاشُر زَبانِ ہُنٛد گوڈنیُک شاعِر مانہٕ یِوان ۔

منز کرٕنؠ جاگزتی یادٕ۔ یمن وآکھن ہُندِ مانے اوس صِرف اِنسانس منز اخلاقی
تہٕ روٗحانی قدرٕ یادٕ کرنہٕ۔ اَمہِ اوٚن کشیرِ منز بأے بندٕ تمُک دور، وۄ جوٗدس
منز تہٕ کوٚرُن تِہمن خیالن ہُند اظہار یُمہٕ سیٖتۍ ذاتھ پاتھ، رنگ نسل،
مذہب بیترِ کۍ تفریق ژھینٛو۔ مذہبس پیٹھ انٛدٕ وِشواس (Blind
faith) دقیانوٗسی کرِیاکرمس پیٹھ پژھر، توٚھمی خیالات، ذاتھ پاتُک
تفریق یِم چیز ہیٚنتن لل دیدِ ہندِ وۄہ پدِشیہ (پأغامہ) سیٖتۍ وارِ وارِ کم گژھنۍ۔
تِہنٛدۍ لوکن ہِم موٗلِ اُصوٗل یِم شاسترن منز لیکھتھ آسۍ مگر عام لوکن
تام آسۍ نہٕ واتی مِتۍ۔ اَمہِ دِتُت [illegible] کتھ پیٹھ زور زِ دُنیاہس منز پٔزِ پژھ
گأشِہ بخدِ بتھٕ حقیقتھ ژھانٛڈنۍ تکیاز اَمہِ سیٖتۍ وۄتلہِ اِنسانس منز
ادوہیتہ واد ک (توحیدُک) جذبہ

اَمہِ علاوٕ دِتُت اَمہِ پژترٕ بھگتیا فلسفٕکین اُصوٗلن پیٹھ زور زِ اِنسانس
پزِ پننہِ خود مُختأری (سواتنترتا) شکھتی پیٹھ یکہِ ارادٕ تھوٚن۔ سہٕ چھُ پننہِ پانُک
مالکھ تہٕ پنُن نصیبہ پانے بناوَن وول۔ تس پزِ پننہِ زندگی ہندۍ مسلہ
پننہِ کوٗششہِ سیٖتۍ حل کرنۍ۔ کتہِ ژنگہٕ نہٕ بیٚیس آویزٕ روزُن۔

یہ چھُ اَمہِ سندِ وۄہ پدیشُک ہرتٕر اَمہِ دِتُت پننین وۄہ پدیشن
منز انسأنی قدرن پیٹھ زیادٕ زور۔ اَکھے ووٚن اَمہِ نہٕ مندرن منز پوزا کرنۍ
تہٕ مشیدن منز نماز پرنۍ چھے فضوٗل۔ یوتانۍ نہٕ انسانس منز انسأنی نیتھ
آسہِ نہٕ۔ اَمہِ سُندِ مُدعا اوس لوکن یہ فکرِ تارُن زِ انسأنی نیتھ چھے پوزا یہ
تہٕ نماز کھوہ تہٕ سیٹھاہ بتھر۔ اَمہِ سندین واکھن منز چھِ یِم کینٛہہ واکھ
یِمن منز شیو فلسفُک اثر ٹاکارٕ نشان چھُ:

(۲) ویدانتک برہم چھُ سوے خوٗبی تھوان یُس شیو فلسفک بشو تھوان چھُہ۔

(۳) زوٗ ذاتھ چھےٚ خودایہ سٕنٛزِ مرضی پیٚٹھ بنے ہرٕ تہٕ تمہِ سٕنٛزِ پیٚٹھ دٕزتھ۔

(۴) پرٛشٹی (creation) چھےٚ تٔمِنٛزِ لیلا یا کھیل۔

(۵) صوٗفی ین ہُنٛد اناالحق (بہٕ چھُس پزر) چھُ تی مانے تھوان یُس شیو فلسفک بشو ہم (بہٕ چھُس بشو) یا ویدانتیُن ہُنٛد۔ اہم برٛہماسم (بہٕ چھُس برٛہم) تھوان چھُ۔

یِمن دوشوٕنی فرقن ہُنٛد ودہ پیشک پیٚٹھی عام لوکن منٛز یِم خیال باوہٕ نہٕ باسے بشد لکھوٕنہٕ ہیلہ ژارکو پاٚغام دِنہٕ۔ یِمو حالاتو لیکھہٕ چھُہ اُسہِ صاف پاٚٹھو ہیکان وٕنِتھ زِ امہ فلسفک اثر ہیچِتن زوٕداہم صدی پیٚٹھہٕ یٕتہِ کین عام لوکن پیٚٹھ پیوان۔ یِم خیال واتی عام لوکن تانی۔ یتھ متعلق اُسہ بیون کٔرِ تلاش ژراوو۔

## لل دید تہٕ تمہِ سُنٛد ودہ پیش پاٚغام

امہ نوٕ سوٗ کوٗلہ کیس دورس منٛز ہُرو۔ اکہ یوگنی زہِم یُسہ ناو اوس لل دید یا للی شوٗری۔ سوہ اُس شیو مٔتس منٛز پلے ہرٕ تہٕ اوسُن شیو کین آچارین (سِدٕ مول بیترِین) نِشہٕ شیو فلسفہ ہیوٚچھمُت۔ امہ علاوٕ اوس اُمِس صوٗفی بابن سیٚتہِ تبادلہ خیال کرنہٕ سیٚتہِ صوٗفی فلسفک گیان تہٕ آمُت۔ وَنان چھِہ زِ لل دیدِ ہِنٛدِس تصوٗرس پیٚٹھ اوس یِمن دوشوٕنی فلسفن ہُنٛد اثر پیومُت۔ امہِ دٔیت واکھو ذٔریعہ لوکہ زبٲنی منٛز ودہ پیش تہٕ تمن

ژھانڈان لۄسُم دِین کھوٚ راتھ
وُچھم پنڈِتھ پننہِ گرٕ ے
سُے مےٚ روٚٹمس نیٚچھترٕ تہٕ ساتھ

(لل وید۔ صفحہ ۱۳۴)

# نُندہ رێش

یہ وَن آسہِ بوٚنہ شیٚے ہرژوہ دٲہِم صدی چھےٚ کٔشیرِ منز ادبی لحاظ تہٕ سیاسی لحاظہٕ کیٚنژا اہم صدی مانہٕ یِوان۔ اَتھ صدی منز چھہٕ کٔشیرِ منز اَکھ معمُول لال بٲدٕ سپدان یُس یُتھۍ نٔژ پٔرِتھ طرفس پرزٕ لاوان چھےٚ۔ اُمی سُند ناو چھُ شیخ نوٗر دین ؤلی یا نُندہ رێش۔ رێشن ہندِس سلسلس منز چھُ اُمِس مہاتماسُند مُقام سیٚٹھاہ تھوٚد۔ یکبارٕ یہ اوس حقیقتس اَکھ نندہٕ پاکھ رێش۔ رێش گوشہ نشیٚن ژٕکالدرشی آسہِ یانےٚ یمو سٕندِ نظرِ ترێن کالن (وقتن) پیٹھ آسہِ تہٕ گوٚیس ماضی ہس مُستقبلس تہٕ حالس وُچھان آسہ۔ روٗحانیتیُک نظر آسہِ کیٚنژا اوس تہٕ مہا+آتما=مہاتما (Great soul) تہٕ رێش تہٕ۔ یہ اوس اہِمسا (عدم تشدُد) ویشک پرچار کرن وول۔ مہاتما بُدھس پتہٕ لۄگ اُمی ہندِس دورس منز اہِمسا درمس تہٕ سیٚٹھاہ پوٚ چھر۔ مہاتما ہس تہٕ رێشن منز ہیٚم آثار آسنہ گژھن تم چھہٕ پوٗرٕ پأٹھۍ اُمِس منز لبنہٕ یِوان۔ اَمہِ کیٚنہ ہیکوٚ اُمِس مہاتمایہٕ تہٕ رێش تہٕ وٕنِتھ۔

رێشن ہُند سلسلہ روٗد کٔشیرِ منز ساسہٕ بدیو وَرییو پیٹھ چلان۔ یم روٗدی ہمیشہ سیاسی حالاتو نِشہ لوٗب تہٕ دِتھکھ وزِ وزِ حلہ تزارٕ کھ۔ یمےٚ ہندکن تہٕ امنک پأغام۔ یہ تہٕ اوس یمےٚ ہندکیس اُصولس پیٹھ پٔژھ

رامنہٕ کیٚنہ وَننہٕ کیٚنہ تہٕ کرتوتہٕ کیٚنہ تہٕ کانسہ دوہ کہ واتناوُن۔

دا پُران پران زیو تال پچھم
ژیے جیگو کرژے تنجم نہ زاہ
سُمرن پھران نیوٹ تہ اوہنگ گھم
مینج دپی مالہ ژرجم نہ زاہ

(لل دید۔ صفحہ ۹۲)

شِو چھے تھلہ تھلہ روزان
موزان ہیو ند تہ مسلمان
ژرک اسے چھکہ تہ پان پرژناو
سوے چھے صاحبس زانی زان

(لل دید۔ صفحہ ۱۰۰)

موڈو کرئیے چھے نہ دھارن تہ پارن
موڈو کرئیے چھے نہ رچھنہ کاے
موڈو کرئیے چھے نہ دیہہ سترارن
سہز ویچارن چھے وہ پدیش

(لل دید۔ صفحہ ۱۰۲)

گگن ژیے بھوتل ژیے
ژیے دِن پَون تہ راتھ
ارگ ژندن پوش پونی ژیے
ژیے چھک سورُے تہ لاگِزی کیا

(لل دید۔ صفحہ ۱۱۲)

لل بو ڈرایس لولہ ریے

نحقہٕ ژھونڈُم مےٚ پردیشہٕ
پنٕنے دِپشہٕ مےٚ یار آو

(نوُرنامہٕ۔ صفحہٕ ۱۵۵)

(۲)

اَمہٕ کنٛدِ پانَس موڈِم رِٹنٛدو
اَمہٕ سےٚتہٕ تو وَنٛدمَل ووٚدِتھی نو
اَمہٕ تسبیحہٕ عاصہٕ تہٕ چٔنٛدو
اَمہٕ پھٔنٛدہٕ سہٕ اَتھہٕ پیٚیی نو

(نوُرنامہٕ۔ صفحہٕ ۱۲۳)

(۳)

سأری ژرأدِ تھورُٹھٕکھ مےٚ ژپے
مےٚ ژپے ژھانٛڈان لوٚسُم دوہ
جانس مٔنٛز بیٚٹھِتھ رُٹھٕکھ مےٚ ژپے
مےٚ ژٔلے نٔہ پانس دِیُتم ژھوہ

(نوُرنامہٕ۔ صفحہٕ ۵۹)

(۴)

شےٚ[1] اوس تہٕ شےٚ ہوا آسی
شےٚ شےٚ کٔرِتھ زٕ بیٚنتہٕ
شےٚ سأری اَنٛدیشہٕ کاسی
سُہ ہے زوٗ پانس[2] پیٚنتہٕ

---

[1] علمدار۔ شیومت اور شیخ العالم از بدری ناتھ کلہ۔ صفحہٕ ۲۱۹
[2] پانس پیٚنانُک مطلب چھُ وٕرشس مٔنٛز ہیُو گرٹان قوتَن ہُنٛد صحیح استیمال کرُن۔

نھوان۔ اَمہِ چھُ پننین شٔرکین منٛز لوٚکن تھدین اِنسأنی قدرَن ہُند پأغام دِیت مُت۔ یوٚدوَے اَمہِ سِندین شٔرکین منٛز واریاہ فلسفی بانہٕ خیالی ویدانتکو، یوٚگکہ تہٕ صوٗفی فلسفُک میلان چھِ توٚتہٕ چھُنہٕ شیوٕ فلسفُک اثر کم کیتھہ بٔشلن؛ کیاہ کرِ تسُنٛد کرشے تہٕ کارن

یس بیٚیس اَتھہٕ دارِن پیٚیہ

(نوٗرنامہ۔ صفحہ ١٦٧)

اَتھ منٛز چھِ تمہِ فرماوان زِ یُس اِنسان بیٚیس اَتھہٕ دار تمُک پنُن عمل چھے فُضوٗل تہٕ بےکار۔ شیوٕ فلسفہٕ موجوٗب چھُ اِنسان پنُن پان سۄدارنس منٛز پانہٕ ذِمہٕ وار۔ دٔییس موحتاج روزُن چھُنہٕ تس ضروٗری تکیازِ سُہ (اِنسان) ہیٚکہ پننہِ خود موختارانہٕ ارادٕ سیٚتی (Sove-reignty of will) پنُن دُنیاہ پانہٕ بنأوِتھ۔

یُسے تتہٕ سُے چھُے بیٚیتے سُے چھے پرٛیتھ شایہ رٔچھتھ مکان

سُے چھُے پیادٕ سُے چھُے رَتھے سے چھُے سورُے گیٚپت پان

سُہ پرٛمہ شِو (اعلاترین حقیقت) چھُ بیٚیتہٕ تہٕ تتہٕ تہٕ پانے سُہ چھُ عالمِہ میوٗرنہٕ[1] عالمس[2] منٛز تہٕ۔ تمیُک سُنٛد ظہوٗر چھُ یہٕ کاینات۔ اَدٕ کنہِ چھُ سُہ پرٛیتھ جایہِ دٔریٚتھو گژھان۔ پیادٕ تہٕ چھُ سُہ، رَتھ چلاوَن وول تہٕ چھُ سُہ۔ یتھ پأٹھو چھُ سُہ پنُن پان کھُٹتھ پرٛیتھ جایہِ۔ پانے تمیُک سُنٛد جلوٕ چھُ پرٛیتھ جایہِ۔ یتھے پأٹھی چھِ بیٚیے بیٚیے شٔرکو تہٕ یمن منٛز تہٕ چھِنیا فلسفُک اثر لبنہٕ یوان چھُ۔

(١)

سُہ مےٚ زٔنسے یہ تس زٔنسے

مےٚ تس زٔنسے قرار آو

---

(١) عالمِہ میوٗر چھُ سُہ یُس کاش رُوپ رُخ کیس تو؛ (٢) عالمس منٛز چھُ ورتن رُوپ (مجازی)

# شیومتس منز مذہبی اعتقادٕ تہٕ یوگی اعتقادٕک عنصر

یتھٕ پٔٹھ چھِ منز وَنُن اَسہِ شیو مذہبکین پٲروکارن ہُند نظریہٕ یا تِہُند اعتقاد یُس شیو فلسفس سیٖتھ تہٕ وابستہٕ چھُ۔ حالانکہ اَسہِ ہیکو یہِ یِمن عنصرن حقیقی طور فلسفُک اَنگ وٕنِتھ مگر اَسہِ چھُ یِمن کُنھن ہُند تذکرٕ اَمہِ کِنہِ پیوان کرُن یِمہِ کِنہِ عام لُکھ تہٕ اَقیدتہٕ کِنہِ اَتھ سٲری فلسفہ مانان چھِ۔

شیوی ین ہُندِ اعتقادٕ موجوب چھُ انسانن موکھُد (نجات) حاصل کرنہٕ خاطرٕ ترٛےٚ وۄہ پایہ (وتیر) وَتھاہ آسو۔

(۱) شامبھود پایہ

(۲) شاکتو پایہ

(۳) آنوو پایہ

یِمن ترین وۄہ پایَن سیٖتھ چھےٚ کینٛہہ ضروٗرٕ کرٛیا یا یہ Rit (uals شیو شاسترس منز دِنہٕ آمٕژ۔ یِمہٕ ہُند گوڈنیُک اَکھ چھُ مالنی وِجے تنتر۔ یِمن وۄہ پایَن پیٹھ چھِنہٕ اَسہِ بیٚیِن تذکرٕ کران۔ تکیازِ یِم چھِنہٕ فلسفُک موضوع۔ پرٛتھ بھجنیا فلسفکین پٲروکارن ہُندِ نظریہٕ کِنہِ چھُ موکھُد (نجاتھ) حاصل کرنُک وۄہ پایہ ژوٗرِیم یُس ژھۄٹ چھُ تہٕ کرٛیا یُس نِشہِ چھُ محفوظ۔ یہِ ژورِیم وۄہ پایہ چھُ نَوٕ یُس سومانند تہٕ آچاریہ اُتپل دیون نِنین شاسترن منز دِیت مُت چھُ۔ اَتھ چھُ نَمو نا وکُرمت

(۵)

کھوٚر رٕوٚستے جہانہٕ توٗرُم

موٗرُم مدلوٗب تہٕ مُہ

سیٚدِہ ووٚنُد نٕہ صاحب گوٗرُم

اَدِ پیٚدٕ زنوٗوُم پنٕنُ رُح

(نوٗرنامہ۔ صفحہ ۱۵۲)

یِمَن دوٚن رێشن پَتہٕ دُٹھو یێتہِ وٕنِس تان داریاہ تعداد باکمال گومٕژ ہات۔ سنت بیتر۔ یِمو لیلایہٕ[1] تہٕ شارُو دُنیہ یہِ انسانیتُک پاٛغام دیُت۔ یِمَن منٛز چھہ شاہ غفوٗر۔ شاہ قلندر۔ نیامہٕ صاب۔ شمس فقیر۔ صمد میر۔ پرمانند۔ کرشن رازدان۔ لٹھو کرمن ووٚٹھ۔ لون کاک۔ ماسٹر زندٕ کول بیترِ مشہوٗر۔ اَمہِ علاوٕ اگر اُسی یِہنٛزٕ شاعری مُہنٛد صحی پاٛٹھو مُطالعہ کرَو اُسہِ واتو اَتھ نتیجس زِ یِہنٛزِ شاعری منٛز چھِ شیٖو فلسفَس تہٕ سُنہ مول دِتہٕ مِتہٕ۔ اَمی سانٛزہ شیٖاتہِ فلسفُک اثر چھُ وُنی کینٛژن تہٕ کُنٛتیٖرِ ہنٛدِ ین لوکن، ہیٚندِ ین تہٕ مُسلمانن منٛز لیٚبنہٕ یِوان۔ یِیمہ کِنہِ بیٚون بیٚون مذہبَن منٛز رُوزنہٕ چھِ ساٛنی بائے برادٔری تہٕ مِلہٕ ژار وَرتاوان۔

---

[1] لیلایہ چھہٕ بٹہٕ شاعرو لیکھمٕژ۔

پَشُہ (Soul-under bondage) ہُنٛز اِصطلاح۔
یُہی گوٚ شہ پرٛماتا (Perceiver) ییٚمِس پٔنٛنہٕ پانٛژ تہٕ پٔنٛنہٕ
ایشورٕ پٕنٛژ یانے پٔنٛنین شکتی ین ہُنٛد گیان آسہِ سپدمُت۔ یوٚہے پرٛماتا
چھُ موکت (آزاد) مانٛنہٕ یوان۔ پشُہ گوٚ شہ پرٛماتایُس مایاہِ ہٕنٛدِس
اَنٛہٕ گٹہِ منٛز وٕلنہٕ آمُت آسہِ۔ شیومتہٕ موجوٗب چھُ اُمِس یانے پَشہس
وَنان سمسأری۔ سمسأری چھُس امہِ کِنہِ وَنان زِ یہِ چھُ سمسارس یا
دُنیاہس منٛز بیٚیہٕ پٔنٛنین کرمن (اعمالن) منٛز بنٛد آسان۔ تہٕ یہِ چھُ
سارِنے کأینأتہٕ کین پدارتھن (objects) پٔنٛنہٕ پانہٕ نِشہٕ بیٚوٚن
مانان تہٕ اَتھہ برعکس یُہی چھُ یِمَن سارِنے پدارتھن پٔنٛنے روٗپ مانان۔
پَشُہ چھُ اَمی کِنہِ سمسارٕکِس دُکھ دُکھ بوٗکان۔ شیومتہٕ والیو چھُ
اُمِس 'پَشُہ' اَمہِ کِنہِ ناو دِیُتمُت۔ تِکیازِ یہِ چھُ پَشو پٕنٛدی پاٹھی روٗزمُت
میوٗن آسان۔

## (زٕ) پشُہ سٕندی ترٛےٚ مل

۱- آنومل ۲- کارم مل تہٕ ۳- مایییہ مل۔ آنومَل گوٚ شہ
مل یُس پٔنٛنہٕ پانٛژ حقیقتُک نہ زانٛنہٕ کِنہِ چھُ یادٕ گژھان تہٕ بیٚیہٕ پٔنٛنہٕ
گیانہٕ شکتی تہٕ کرٛیا شکتی ہُنٛد نہ زانُن تہٕ چھُ امیُک مولہٕ۔ کارن
(ہُنٛز یأدی وجہ)۔ اَمہِ کِنہِ چھُ زیوس (Individual Soul)
سوا تنتٔرتُک اباو روزان۔ یانے اُمِس چھٕنہٕ پٔنٛنین شکتی یَن (توٗتن)
(قوتن۔ شناخت تہٕ قوتِ عمل) ہُنٛد پَتاہ روزان۔

(۲) کارم مل۔ کارم مَل گوٚ شہ مل، یُس زیوس منٛز چھُ 'جان پٔتہٕ گوٚ

اَنہٕ پاسے۔ تہٕ کیا گوٚہٕ یم پٮ۪ٹھمہِ ترٕٛسے ؤنۍ ہیتھ پرٲنۍ دٔہ پاسے بشا ہمجھود پاسے بیتر چھ تِمو سیتھہ پیدہ اَسہِ سہل پٲٹھۍ نجاتھ حاصل۔ صرف اُنہٕ پاسے، رکنیو یانے حقیقتس زانہٕ رکنہٕ (پرتہٕ بجھنیا یہ کنی) چھہٕ انساناہٕ شند نجاتھ لبن سیٹھاہ سہل۔ یہ کتھ چھے وننہٕ ضروری زِ کینژن عالمن ہنٛزہٕ راے کنو چھُ یمن ترٛین دٔہ پاین ہنٛز بنیاد بیچھ اتھ فلسفس ترکہٕ شاستر ناد دِنہٕ آمٕژ۔

## اِدِکارٕی دیوتا

شیوٕ شاستُرکۍ پأرو کار چھہ عام ہندو مذہبکو ترٛیشے ادِ کارٕی دیوتا۔ برٛہما وشنو تہٕ مہیش بنیس مذہبس منٛز تھاوان مگر شیوٕ مذہبس منٛز چھہ یہ فرق زِ یم ترٛیشوٕے ہیشور مانان۔ گوڈنیک دِوتا تہٕ دوٚیم گوٚیہ برٛہما تہٕ ترٛیم گوٚ وشنو۔ اَتھ اعتقادس منٛز چھے شیوٕ فلسفہٕ وٲنۍ ہندِ نظریہ کنہٕ اکھ خاص فلسفی پایہٕ حقیقت۔ سہٕ گیہٕ یتھہٕ پٲٹھۍ۔ وشنوے اوستھا یہ برٛونٹھہٕ یانے کاینات بنتہٕ کہٕ برٛونٹھہٕ مہٕ حالتس ہُند دِوتا چھُ ——— شِو۔ برٛہما چھُ بدستور عام ہندو مذہبہٕ تہٕ شیوٕ مذہبہٕ مطابق پٲدایش کرنک دِوتا گویا شیوٕ مذہبہٕ وألۍ چھہٕ مانان زِ گوڈنیچہ حالتہٕ پتہٕ چھے کاینا تکس وجودس منٛز اَنہٕ خاطرہٕ چھُ برٛہما ہُند اَتھ۔ ہندو مذہبہٕ مطابق چھُ یتھہٕ کاینا تس ترتیبس منٛز برٛونٹھہٕ کُن پکناونہٕ خاطرہٕ وشنو سُند اَتھ۔ شیوٕ مذہبہٕ موجوب چھنہٕ یتھہٕ کاینا تس انت (End)۔ اَمہٕ کنہٕ چھُنہٕ شِو 'سمہار' (فناہ) کرن دوٚل مانہٕ یوان مگر ہندو مذہبہٕ موجوب چھُ 'شِو' کاینا تس فناہ کران (شِوس ہیشورس چھنہٕ کانہہ فرق۔ اَوٕ کنہٕ گژھنہٕ یمن پٮ۪ٹھ ٹلن)

پتی تہٕ پشُہ۔ شیوٕ شاستر موجوب چھہٕ پتی (Free Soul) تہٕ

ساری چھہ تمہٕ سُندی (عظیم ہستی ہنٛدی) اولاد۔ ساری چھہ تمہٕ قُدرتکی تٔھکھ
بوٚستی برپور ییٚمہ تمس ورشس منٛز زٕنٛس ستی میچھر چھےٚ۔ ماگٔی تو یہ مٔل
چھُ اِنسانن اکہ قیمک ھٹوٗر یا پٔردٕ۔ یتھپہ کنہٕ اَمس بیدٕ باو یا فرق باسان
چھےٚ۔ اَمس چھُنہٕ بٔلبِہِ ستہٕ نِہٕ گتھٕ سترگ ستی کانٛہہ اَثر گژھان۔
صرف چھُ اَمس پنٕنہ خوشحالی ہٕنز پنٕنہٕ برٛونٛٹھ کُن خیال روزان۔

اَتھ برعکس چھہ اَکس گیانہٕ وٲلس اُپنِشد واکیہ موجوب ساری
مخلوقاتھ پنٕنےٚ روٗپ باسان۔ اَمہ کنہٕ چھُ اَمس بیٚیَن ہُنٛد سعو کھہٕ تہٕ دوہکھ
پنُن سعو کھہٕ تہٕ دوہکھ باسان۔ اَمہ خیالہٕ کنہٕ کانٛہہ نٕہ سہ بیٚیہ ہُنٛد ایزا تہٕ دوہکھ
پہ مایپیہ مٔل ہٹاونہٕ خاطرٕ چھُ پرتہٕ بھجنیا شاسترس منٛز ستھانور دنہٕ آمت۔
بیٚیلہِ لوٗکن یہ سروٚاتم بھاو सर्वात्मभाव گژھہٕ تیٚلہ چھُنہٕ کانٛہہ انسانس
کانٛہہ ستی نہ وٲر نہ عداوت۔ یتھہ حول پیٚلہ یادٕ گژھہ تہٕ دُنی یاہ
بنٕہ سعو رگ (جنت) اَمی کنہٕ چھُ یہ شاسترٕ ونان زِ یم ترٛشےٚ مٔل گژھن
چھٔلِتھ یا نٔاوِنی۔ یتھپہ کنہٕ اکھ معمولی درجک اِنسان مقدٕ کرداروٚک
تہٕ بہلہ پایک اِنسان بنہِ۔ یتھس کامِل اِنسانس چھہ اَتھ شاسترس
منٛز ونان پننی۔ بکیاز روحانی نظرِ کنہٕ چھُ اَمس منٛز سروٚاتم وادک،
(ہمہ اوست) آسنک جذبہٕ وودٕ تلان۔

## پرٛماتاہن ہنٛدی قِسم (DIFFERENT KINDS OF PERCEIVERS)

یتھہ شاسترس منٛز چھہ بینی تہٕ پٔتہٕ ہنٛدین قسمن علاوٕ پرٛماتاہن
ستھاہ قسم۔ یمن پرٛماتاہن چھہ مُختلِف مٔلن ہنٛدین آسنہٕ تہٕ نہ آسنہٕ
کِس بناہس پیٚٹھ بٔیون بٔیون ناو تھوونہٕ آمتہٕ۔ یم پرٛماتا چھہ یتھہ پٲٹھو:

تہٕ ناکارٕ کیٚث گوٚ اُمہِ کرِ نہ زانتہٕ کینہہ پاَدٕ گژھان۔ گویا (دھرم ادھرمہٕ روٗپ) دٕرِھچ۔ تہٕ اُدرِہم کرِ نہ زانتہٕ کیتھ۔ میانٛی اعمال کیتھ گژھن آسنہِ۔ مےٚ کیٚا پزٕ کرُن تہٕ مےٚ کیٚا پزٕ نہٕ کرُن۔ یہِ سوٗچ چھیٚنہٕ زِ پوٚس اَمہِ حٕلیہ کینہہ پٕوان۔

(۳) ماپیہ مل۔ ماپیہ مل گوٚ شہ مل (Impurity) ییمہِ کِنہ زِ پوٚس کائیناتکۍ چیز شیوٚن شیوٚن باسان چھہِ مگر ییمن چیزن ہنٛدِ گٕنتھرِکس (oneness) گیٚان چھُس نہٕ ذہنس منٛز آسان آمُت۔ ییمن ترٛین مٕلن منٛز اہمیت ہیکوٚ اُسہِ فلسفو یانہٕ تہٕ اخلاقی نظریہٕ کِنہ ییتھ پاٹھۍ وٕنِتھ۔ یوٚ آز یہٕ زِ پوٚ لاعلمی منٛدِس اَنہٕ گٹس منٛز ژھیٚٹھتھ روزان چھہٕ اُمس چھیٚنہٕ درٕمک اَدرٕمک پاسنے جان کیٚاہ گوٚ تہٕ ناکارٕ کیٚاہ گوٚ اَمیٚک پتاہ روزان۔ اَنہٕ اگٕندس منٛز بیتھ یہٕ پانس خوش کرِس تی چھہٕ کران۔ یہ چھیٚنہٕ سوچان زِ اَمہِ سیٚتھ ما واتہٕ کانٛسہِ اِذاہ یا نقصان۔ اُپنشدن ہنٛدی اصوٗل یوٚد وٕہے اُمس فکرِ ترٛن زِ " بیٚیس دُشد اِذاہ تہٕ نقصان چھُ مےٚ پنٕن اِذاہ تہٕ نقصان" اَمہِ سوٗچہِ ہیٚتھ پیہِ اُمس منٛز اکھ نوٚ تبدیلی۔ مگر اَمہِ لاعلمی کِنہ چھیٚنہٕ اُمس سوٗن تہٕ دوہ گٕژھ بوزنہٕ یوان۔ شہ چھُ پنٕنہٕ لالچہٕ تہٕ خود غرضی کِنہ بیٚنہٕ پزٕ تہٕ کران۔ بیاکھ رٕوزِ ہوتٕ یا مُرِتن اَمیٚک چھُس نہٕ پرواہ آسان۔

اخلاقی تہٕ فلسفی یانہٕ نظریہ کِنہ تہٕ چھُ ماپیہ مل بڈ اہمیت تھوان۔ اَمہِ مٕلہِ کِنہ چھُ باسان زِ بیٚیہ اکھ چھہ مےٚ نِشہ شیوٚن۔ اَمہِ مٕلہِ کِنہ چھیٚنہٕ رِضااتہٕ یہ سمجھس منٛز یوان زِ اکہ چھہٕ انسان سٕگنٛس روکھانی زِنٛدٕ

چھےٚ سا۔۔۔ چھہ شرم خسی

(۱) بداتت ...... چھہ ... تہٕ ... سبب برٛم بوود چھہ۔ مگر شیو فلسفہ مرادِ چھہ ... تہٕ بیوٕ حرفی۔ [illegible]

# تُرِیاتہ تُرِیاتیت اوستھا (حالتھ)

تُرِیا اوستھا (حالتھ) کیہٕ تُرِم اوستھاتہ تُرِیاتیت اوستھا
گیہٕ ژۄرِم ہیو اوستھایہ کھوتہٕ تھزٕ اوستھایاہٕ پینٛژم حالتھ یَس دوٚن حالژن ہُند تجربہٕ
چھُہ یوگی یِیَ آسان۔ یہ کتھ آیہٕ پُژھتھ ہیٚکہِ وَنِتھ۔ یہ یوگی چھُ یُگہٕ سادنایہ کنہِ
جاگرت۔ سۄپن تہٕ سُشُپتی حالژ منٛز نیرِتھ ژۄرِم ہیو تہٕ پینٛژم حالژ
منٛز واتان۔ یِتھ منٛز واتِتھ اُمِس چھُ سرۄ شِوتا۔ سروٚسم تاتہٕ سروٚاتم
باوظاہر سپدان۔ اَمہِ شاسترٕکہِ اعتقاد کھۄن والین ہُندِ نظریہٕ کنہِ چھے
اُمِس کینٛہہ سِدٛھی[۱] یا غٲر معمولی شکھتیہ حاصل سپدان۔

اَمہِ کنہِ چھُ یِہِندِ شاسترکارَن وۄہ پیش دِیُت مَت زِ اگر انسان
پینٛژ سِدٛھی یِتھ دُنی، یِہِنٛز منٛز حاصل کٔرِتھ پینٛژم پٔژ تمس پَنُن یُگہٕ آ
رکنو تُرِیاتہ تُرِیا تیتُک تجربہٕ کٔرِن۔

## شیوشاسترس منٛز یوگہٕ شاسترکۍ عنصر

یِہِنٛد بُرد نیٛتھ دُنی، اَمہِ کشمیر شیومتس منٛز یوگا بیا پنٛج اہمیتھ۔
شیوس چھُ مانان زِ انسان سندس شریرس منٛز چھےٚ وار یاہ ناڑی (نٲڑی)
آسان۔ یِمن منٛز چھےٚ ترٛےٚ ناڑی سیٹھاہ اہم۔ یِمن چھُ ناو :

---

۱ سِدٛھی: یُگچہ کامیأبی سٟتی میلَن وٲلۍ اَتھ طاقتھ۔ یم چھِ ہیٚتھ پأٹھۍ: انِما
مہما۔ لگہما۔ گرما۔ پراپتی۔ پراکامیہ۔ ایشتو۔

(۱) پرلیاکل یا اکل (۲) ودیشور (۳) منتشر مہیشور وگیہانا کل بیتر۔ یمن پرماتا ہن ہنز تشریح کرنہٕ چھینہٕ ییمہ کتابہٕ منٛز یوان۔

## پرماتا ہنز پانٛژھ اوستھایہ (حالژ)

یمن سارنٕے زیون چھےٚ عام طور ترٛیےٚ حالژ :۔

(۱) جاگرت (Waking state) سو حالتھ ییتھ منٛز انسانہٕ سٕندی حس ہوشیار آسن۔

(۲) سوٗپنہٕ (Dream state) سو حالتھ ییتھ منٛز انسانہٕ سٕندِ منٕچ عمل چھےٚ جاری روزان۔ یا خاب ؤچھان چھُ۔

(۳) سُشُپتہٕ (State of dreamless sleep) سو حالتھ ییتھ منٛز انسانس گوب نیٚندرِ چھےٚ آسان تہٕ حس چھےٚ نہٕ آسان۔

ییمہٕ شاستر مُطابق چھےٚ عام لوٗکن پیٚٹھٕ ترٛیےٚ اوستھایہ (حالژ)۔ تٔدر کرِتھ بیٚیہ زٕ حالژ ہُند چھینہٕ یمن انُبو (Experience) آسان۔ اَمیُک تجربہٕ چھُ صرف یوٗگی ین یوت آسان۔

(۴) تُریا
(۵) تُریاتیت

پننہ اَتھ کُنڈلِنی منز پُورک पूरक کرِتھ کینہہ کھاران۔ تہٕ کُمبھک
कुम्भक حالژ منز چھِ یِم پران بنٛد کران تہٕ ریچک रेचक حالژ
منز چھِ وارٕ وارٕ پران ترٛاوان۔ یانے شاہ ترٛاوان۔

یوٗہے گوٚ پرانایامُک ابیاس (Discipline and) یا یوگابیاس۔
شیوَن ہِنٛد ٹیکنیکہ مُطابق چھ اَتھ شیوٕ سماویش وَنان۔ سماویشُک مطلب
گو اَژُن یانے بوٚگچھ سادنایہ سیتھ تھزرس تہٕ پزرس منز اَژُن۔

خیال چھُ یوان کرنہٕ زِ سادکس (سائکس) چھےٚ سیٹھاہ کالس
اَمہ پرانایامُک یا سماویشُک ابیاس کرنہٕ سیتھ سِدی (غار موموٗلی طاقتھ)
حاصل سپدان۔ ( یِم طاقتھ چھ شیوٕ شاسترس تہٕ یوگہٕ شاسترس منز وَننہٕ
آمتہٕ) سائکس چھِ ییمن سماویشکین طریقن ہنٛدٕ ابیاس کرنہٕ سیتھ
خاص خاص طاقتھ ظاہر سپدان تہٕ تِمَن طاقتہٕ ہِنٛدٕ حاصل سپدان۔

یِمن یہ یوگا ابیاسس مُتعلق تذکرٕ کرنہٕ آو اَتھ چھُ عالمو شیوٕ
شاسترس منز خاص ناو دیُت مُت۔ اَتھ چھ یوگہٕ شیوازم (Yoga - Shaivism)
وَنان۔ یہ یوگہٕ شیوٕ شاستر چھُ رہسیہ (Secret)
مانہٕ یوان۔ بدقسمتی کینہہ چھُنہٕ وُنیکتانی اَتھ پیٹھ زیادٕ تحقیق کرنہٕ
آمُت۔ یہ چھُ ریانہٕ موضوع نشنہٕ نیبر۔ حالانکہ یہ چھُ تحقیقاتچہ نظرِ کینہہ سِماہ

---

[1] پرانایامس چھ ترٛےٚ قسم۔ پوٗرک، کمبھک تہٕ ریچک۔ پوٗرک: اَکہٕ قسمُک
پرانایام یتھ منز کھوورِ نتھہٕ وارٕ کینہہ شاہ وارٕ وارٕ اَندر واتناونہٕ ییہ۔ کمبھک۔ پرانایامچ
سوٗ عمل یتھ منز اَمس تہٕ نَسس بنٛد کرِتھ شاہ بنٛد کرنہٕ ییہ۔ ریچک۔ پرانایامچ سوٗ عمل
یتھ منز کھوورُمت شاہ نیبر ترٛاونہٕ ییہ۔

(۱) سُشُمنا (۲) اِیڑا تہٕ (۳) پِنگلا۔ یِمو چھےٚ دِماغہٕ پیٹھٕ ییٚنٛد
بوٚن تانی وٕژھ کرٕنۍ آسان۔ سُشُمنا یہ منٛز چھےٚ اَکھ ناڑی۔ اَتھ چھہ وَنان
چِترا۔ اَتھ ناڑی سِستِمس چھہ وَنان کُنٛڈلِنی۔ یہ کُنٛڈلِنی چھےٚ توٚنُس نِش
آمان تہٕ چھےٚ سَرِ پیٚٹھ پیٚنٛدِ ہ پاٹھۍ ژھاڑ دِتھ آسان۔ اَتھ سِستِمس چھےٚ شےٚ
جایہٕ۔ یہ چھہ یوان خیال کرنہٕ زِ یِمَن شیٚن جایَن چھہ شےٚ ژٕکھر (شَٹ
چکر) یِمپوشَن ہنٛدِس روٗپس ہِیوٗ آسان۔ یِہُنٛد تفصیل دِمو اَسۍ
لوٚنہٕ پیٹھٕ ہیٚوٗر یِتھہٕ پاٹھۍ:
سُشُمنا یہ ہنٛدِس بُنٕہِس اَنٛدس پیٹھٕ چھُہ (۱) مولادار یا آدار
ژٕکھر خیالہٕ کنہٕ چھُہ یہ اَکھ یِمپوش یِتھ ژور وٕہتھر چھہ۔ اَمہِ ہیٚوٗر چھُہ (۲)
سوادِشٹانہٕ ژٕکھر۔ یہ چھُہ وہہٕ زلہٕ رنگہٕ شیٚن وٕہترن ہُنٛد یِمپوش خیال
یوان کرنہٕ۔
ترییم گو منیہ پوٗر ژٕکھر۔ یہ چھُہ یوان خیال کرنہٕ زِ یہ چھُہ دٕہَن
وٕہترن ہُنٛد سعونہٕ رنگہٕ یِمپوش یُس ژٕکھر نمبر زٕ ہَس ہیٚوٗر نابس نِشانس
(توٗنس) نِش چھُہ۔ ژوٗریم نمبر گو اناہت ژٕکھر۔ یہ چھُہ یوان خیال کرنہٕ
زِ یہ چھُہ بٕہَن وٕہترن ہُنٛد سعونہٕ رنگہٕ یِمپوش ہردیس منٛز۔ پٔنٛژیم گو
وِشُدھ ژٕکھر۔ خیال چھُہ یوان کرنہٕ زِ یہ چھُہ شُراہَن وٕہترن ہُنٛد یِمپوش
ۂٹِس اَنٛدر۔ شیٚیم گو آگیا ژٕکھر۔ یہ چھُہ یوان خیال کرنہٕ زِ یہ چھُہ دوٚن
وٕہترن ہُنٛد ژٕکھر دٕکس منٛز۔ یِم زٕ وٕہتر چھہ دوٚن اَچھَن کُن خیالہٕ کنہٕ
چھُہ اَمہِ کُنٛڈلِنی ہنٛدِس ہیٚرِمِس اَنٛدس پیٹھٕ اَکھ ژٕکھر یِتھ ناو سہسرار
ژٕکھر ناد چھُہ۔ یہ چھُہ اَکھ یِمپوش یِتھ ساس وٕہتر چھہ۔
وَنان چھہ زِ یوگی چھہ پرانایام[1] (حبسِ نفس) کرنہٕ سیتہٕ پران

---

[1] پرانایام چھُہ یوٗگہٕ کیو اَٹھوانگو منٛز اَکھ انگ مانہٕ یوان۔

# کتاب نامہ

ABBREVIATIONS

R.t 1. Kalhana's Rajtarangini
Edited by M.A. Stein.
VOL. 1

Nm. 2. The Nilmat Purana
by Dr. Ved Kumari.

Ks. 3. Kashmir Shaivism
by J.C. Chatterji

Ab. 4. "Abhinava Gupta." An
Historical & philosophical
study. by Dr. K.C. Pandey.

DR. 5. Doctrine of Recognition.
by Dr. R.K. Kaw-(Hushiar
pur Vedic Research Insti-
tute 1967,

PK. 6. Pratyabhijna Karika of
Utpal Deva. by Dr. R.K.
Kaw. Sharda Peetha.
Res. Cent. Srinagar. 1975/76.

اہم - اَمِ معہ کِنہٕ ییم یٖتھہِ کتابہٕ پٔرِتھ یِہِ وٲلی آسن، تِمَن لگہِ اَکھ موضوعس مُتعلق ژیٖنہٕ دُنِتھ اَکھ سیٹھا دِلچسپی تھٲوَن وٲلی کِرَن اَمیُک مُطالعہٕ تہٕ صحی تحقیقات - اَمہِ سیٹھا بیہِ پٔتہٕ وُچھنہٕ زِ کشیٖر لُکہٕ شیٚوکہ پرانہِ بیاکھ طریقہ کتھہٕ کٔرِتھ تانی سیٚندِ انسانَس زِندگی منز مددگار ثابت سپدِتھ -

حال حالے چھُ کیٚنژَو نفسیٲتی ماہِرَو جدید سائینسی طریقہٕ کیٚنٛژو انسانَن ہٕنٛدِ رُوحانیتُک مُطالعہٕ کرُن شورُو کوٚرمُت - اَمیُک مُدعا چھُ یہ زِ اِنسان کیٚتھہٕ پٲٹھی چھُ یُتھ سادہٕ سیٹھا غٲرمعمولی طاقتھ تہٕ کیٚتھہٕ بیتر حاصل کٔران - اَمہِ سیٹھا اَہم نفسیاتکہ اَکھ نٔو شاخ وُجودَس منز یِتھ پیراسیکالوجی (Para-psychology) چھِ وَنان، یہ چھُ اَکھ سائینس - نفسیاتُک یہ شرح چھُ انسان ہٕنٛدِس غٲرمعمولی فطرتس بدکٔدان، یہ نفسیٲتی سائینس چھُ دُنِ کیٚنژن اَکِس نٔوِس سائینسی تحقیقاتَس کُن لوٗگمُت - اَمہِ قسمُک تحقیقات کرنہٕ خٲطرٕ آو اَکھ اِدارٕ گوڈنیتھ انگلستانس منز ۱۸۸۲ء ہس منز قٲیم کرنہٕ، اَمہِ سائینسَن کُنٛڈی انسانہٕ ہٕنٛدِ کو اَندرِم ہٕردِ نشنہٕ تہٕ یہ سیٹھا یوٗت مقبول زِ کیمبرج تہٕ امریکہ ہٕنٛدِ ڈیوک یونیورسٹی منز آیہٕ اَمیُک شعبہٕ قٲیم کرنہٕ - دُنِ کیٚنژن چھِ ہِندوستانَس منز میانہِ خیالہٕ بیٚین بیٚین جایِن تہٕ یِم شعبہٕ قٲیم -

اَسہِ ہیکو یہ پٔزِ پٲٹھو وَنِتھ زِ یُتھُک اَثاس (حِس نفس بیتر) اَتھ تعلیمی مٲدانس منز اَکھ نٔو اِنقلاب - اگر اَمیُک کورس تعلیمی اِدارن خاص کرِتھ ٹریٖنِنگ کالجن منز چالو کرنہٕ یِیہِ - اَمہِ سیٹھا وُزِن اِنسانہٕ ہٕنٛدِ مروُحانی طاقتھ تہٕ شعہ پٲدہٕ ہیٚندی (غٲرمعمولی طاقتھ) ییمَن منز اَکھ Telepathy چھُ اَتھہٕ پٔزی پٲٹھو ہیٚکہ لُکہ کیٚتھہٕ کیٚنہہ خاص دٲیرس تہٕ سائینسی مُشاہدس منز فایدہٕ مند ثابت سپدِتھ -

SR. 7. Sharda Peetha Research Series (I—XIII) SPR. centre Ed. Dr. R.K. Kaw.

Bh. 8. Bhaskari. III

KD. 9. Kasmira Śaiva Darśana. by Dr. B.N. Pandit, shastri.

SN. 10. Kshemaraja's. Spandnirnaya. Ed. by Madhusudan Koul Shastri.

Mi. 11. Man's supreme Inheritance by Dr. R. K. Kaw. 1977.

12. The Early History & Culture of Kashmir by S.C. Ray.

13. ASPECTS OF KASHMIR ŚAIVISM. BY DR. B. N. PANDIT.

# KASHMIR SHAIVA MATA

*By :*
**B. N. Kalla**

**The Department of Kashmiri, University of Kashmir**
**SRINAGAR.**

Printed at J. K. Offset Printers, 315, Jama Masjid Delhi- 110006